# باوتھ



خصوصی شمارہ

پروفیسر کول نمبر

ایڈیٹر:۔۔ ڈاکٹر آفاق عزیز۔ ڈاکٹر محفوظہ جان

باوتھ کلچرل سوسائٹی سری نگر

# اردو کاشُر افسانہ

## اکھ

## تقابُلی مطالعہ

ڈاکٹر محفوظہ جان

موٗل : ڈاےٚ ہتھ روپیہ ( Rs. 250/ )

کتاب میلنک پتاہ :

۱۔ باوتھ کلچرل سوسائیٹی سرینگر

۲۔ کتاب گھر لال چوک

۳۔ محمد رمضان، بڈشاہ نیوز ایجنسی۔ لال چوک، سرینگر۔

AAKIF BOOK DEPOT

437, MATIA MAHAL DELHI-6

کتابی سِلسِلہ

# باوتھ




اپریل ۱۹۹۷ء تا مارچ ۱۹۹۸ء

جلد ـــ ۱۰

ایڈیٹر

- ڈاکٹر آفاق عزیز
- ڈاکٹر محفوظہ جان

---

شُمارٕ ـــ ۱۵ ـ ۱۸

موٗل ـــ ۲۰۰

کتابت ـــ محمد عباس ، بشیر احمد

ترجمان ـــ باوتھ کلچرل سوسائٹی سرینگر کشیر

ناشر ـــ باوتھ پبلی کیشنز ـ سرینگر

---

رسالہ میلنکُ پَے :-

- سینٹر آف سینٹرل ایشین سٹڈیز کشیر یونیورسٹی
- محمد رمضان ـ بڈشاہ نیوز ایجنسی لالچوک سرینگر
- کتاب گھر ـ لالچوک سرینگر
- CIIL میسور
- NRLC پٹیالہ پنجاب


## ترتیب

# کول صاب

## کأشرِ لسأنی خاندانک گأشہ تارُکھ

لِسأنیات چھُ خوشک سبجیکٹ ۔ اتھ چھِ ویسے تہٕ ڈرائے سائینس (DRY SCIENCE) وَنان ۔ ووں گوو یہ چھُ تیوٗت دلچسپ موضوع زِ یوزن وول چھُ پرن وألِس ہِند کتھ تہٕ دلچھٕ نارد سیتی بوزان مگر پرن وألس سیتی ستی چھُ بعضے بوزن وول تہٕ پسرے پوان ۔ لِسأنیاتس چھِ وارِیاہ قِسم مگر سارِنے قِسمن چھِ اکثر جُز مشترکہٕ ۔ تہٕ زن گوو مارفیم ، لفظ ، جُملہ ، اِسم ، فعل ، حرف ، کال ، جملت ، تذکیر و تانیث ، ٹگی ، سوالیہ تہٕ بیتھی ہی درجہٕ واد جُز چھِ لِسأنیاتکس دأیرس منز یوان تہٕ ہم سارٕی چھ اکہٕ زبأنی ہِندِ وجوٗدچ ضمانت ۔ لِسأنیاتکی ماہر چھِ پرتھ زبأنی منز موجوٗد ۔ تاہم تُل کأشرس لِسأنیاتس پیٹھ گوڈٕ ووپرِ وے قلم ۔ ۱۸۸۷ء منز چھُ پروفیسر ارنسٹ سارنے برونہہ کأشرِ زبأنی ہِند ماخذ دردوٗ نتھ اتھ کُن ظوٗن پھِران تہٕ اَمہٕ پتہٕ چھُ یوٗرپی نژاد تہٕ برِصغیرک لِسأنیاتُک بب جناب جارج ابراھیم گریرسن کأشرِ زبأنی ہِندِس ارتقأیی سفرس تہٕ اَمہٕ کِہن تمام لسأنی پہلوٗن کھوچہٕ کھألتھ اکھ مکمل تہٕ مدلل تحقیقی کأم انجام دِوان یوسہٕ کأشرِ زبأنی ہِندِس کُنہٕ تہٕ پہلوس پیٹھ کتھ کرنہٕ خأطرٕ بنیأدی تہٕ مفصل ذٔریعہ چھے ۔ یُتے یوت نہٕ بلکہ چھے گریرسنٕنی تحقیقی کأم کأشرِ زبأنی ہِندی ماخذ بدِ کڈنکی وتہٕ پٔدی تہٕ گأشراوان ، یمن پتہٕ آیہٕ بیٚیہٕ تہٕ وارِیاہ یوٗرپی محقق تہٕ ماہرِ لِسأنیات یمو کأشرِ زبأنی ہِندین مختلف پہلوٗن خاصکٔرتھ اَمہٕ کِس آگرس متعلق قلم تُل ۔ اگرچہ یہ سلسلہ اَمہٕ پتہٕ تہٕ جأری روٗد مگر غأر مُلکی لسأنی ماہرن سیتی سیتی دٔز مُلکی لسأنی ماہرو تہٕ کأشرِ زبأنی ہِنز خدمت سرانجام ۔ تاہم چھُ پروفیسر اودمکار ناتھ کولس کأشرین لسأنی ماہرن

منز یمہ لحاظہ ممتاز مقام حاصل زِ سہٕ چھُ کاشرِ زبانٕی ہندین مختلف پہلون پیٹھ الگ الگ کتابہٕ لیکھان تہٕ کاشرِ زبانٕی ہنز خدمت کٔرِتھ امیک دایرٕ وسیع کران۔

پروفیسر اومکار ناتھ کول صابن لیچھ وارِیاہ کتابہٕ مختلف زبانن ہندین ماہرن ستی رلتھ میلتھ تہٕ ییتھ کنی کوٚرکھ کاشرِ زبانٕی ہُند لسانیات پٔرِ زبانن نش متعارف۔ "کشمیری، ساہتہ تہٕ اتہاس" ناوٕچ کتاب لیچھ کول صابن اُکس مایہ ناز پنجابی سکالر ڈاکٹر نریندر کے دُلے نہٕ اشتراکہٕ ستی۔ یہٕ چھُ گوڈنیک موقعہ ییلہ کاشرِ ادبی توارِیخ پنجابی زبانٕی منز تحریر کرنہٕ آیہ۔ سوٚ تہٕ اُکس کاشرِ ہندی ڈسی پلس بجایہ نہٕ دا اکھ تھپکن لایق تہٕ قومی شعورُک کارنامہ چھُ۔ امہٕ کہ برکتہٕ ووت کاشرِ بہلہ پایہ ادب پنجابی قومس برونہہ کُن تہٕ تمن چھُ کاشرِ ادبُک تیوٚت اِمپریشن زِ حبہٕ خوتون، تسنٛد کلام تہٕ تسنٛز زندگی چھے پنجابکین سکولن منز پرناونہٕ یوان۔ پنجابی زبانٕی منز چھے یمن دوشونی ہنز بیاکھ مشترکہ کتاب "فونٹک ریڈر"۔ کول صابنی بیاکھ انفرادی کتاب یوسہٕ پنجابی زبانٕی منز چھے تمیک ناو چھُ "پنجابی بھاشن دا دھیاپن"۔ کول صابن کٔر ڈاکٹر روتھ لیلا یہٕ ستی رلتھ درد خانداہکن زبانن خاص کٔرتھ کاشرِ زبانٕی متعلق کتابیات تیار یمہ کہ برکتہ تمن سارنے تحقیق کارن ہُند خاکہ برونہہ کُن آو یمن منز درد خانداہکن زبانن متعلق بنیادی کام کرنہٕ چھے آمژ۔ یہٕ سارے انفارمیشن چھے "کوہستانی ٹو کشمیری"، ناوچہ کتابہٕ اندر درج۔ اتھ کتابہٕ اندر پیٚو تمن سارنے کتابن ہند دِتو کھڈ پوٚٹھ تنقیدی تعارف تہٕ میلان یمہ درد خاندانس متعلق لیکھنہٕ چھے آمژ۔ امہٕ علاوٕ چھُ درد خاندانس متعلق لیکھنہٕ آمتین تحقیقی مضمونن ہُند تہٕ اتھ منز ذکر۔ کاشرِ زبانٕی منز سماجی لسانیاتکی ولو ہارتہٕ ورتاو۔ اتھ پہلوس پیٹھ چھُ کول صابن تہٕ پروفیسر پٹر ایڈون ہک مشترکہ طور "کشمیری اے سوشو لنگوِسٹک سروے" ناوٕچ کتاب ۱۹۸۳ء اندر چھاپان۔ کاشرِ زبانٕی ہندی مختلف پہلو زیر بحث انان چھِ یم دوشوے سکالر "آسپیکٹس آف کشمیری لنگوسٹکس" ناوٕچ بیاکھ اکھ اہم

کتاب ترتیب دِوان ۔ کاشُر زبٲنی خٲطرٕ یُس سارٕوے کھوتہٕ بوڈ کارنامہ کول صاٲبن انجام دیُت سُہ چھُ پروفیسر کاشی والی سیتی ژلیتھ "کٲشُر گرامر" یُس ۱۹۹۶ ہس منز چھاپ سپُد، اتھ منز چھ جدید لسانیاتی اُصولو مطابق کٲشرِ زبٲنی ہندی تمام پہلو وِشرٕناونہٕ آمتی تہٕ وُنیکتام چھُ یہ واحد گرامر یُس ہر رنگہٕ مکمل تہٕ مدلل چھُ ۔ کول صاٲبن لیچھ کاشُر ہیچھنہٕ تہٕ ہیچھناونہٕ خاطرٕ مختلف کتابہ یمن منز "این انٹینسو کورس اِن کشیمری"، تہٕ "کشیمری فونٹک ریڈر" قابلِ ذکر چھے ۔ اَمہ علاوٕ لیچھ یموٚ بیٚیہ تہٕ درجنہٕ واد کتابہ کاشرِ زبٲنی ہنٛزِ ترقی خاطرٕ یمہٕ ملکہٕ کین مختلف اِدارن منز خاصکر تھ مسوری، میسور تہٕ پٹیالہ سینٹرن منز شاملہٕ کورس چھِ ۔ کول صاٲبُن ادبی سفر رُود نہٕ انگریزی، کاشرِ تہٕ پنجٲبی ہیتے تام محدوٗد ۔ بلکہ کٔر یموٚ "اردو فونٹک ریڈر"، ناوچ کتاب نذیر حسن ناوِکس اَکِس سکالرس سیتی ژلیتھ مکمل ۔ ہیٚندی پاٹھی لیچھ یموٚ "کشیمری اور ہندی رام کتھ کا دیا کا تُلنتمک ادھیان"۔ اَمہ علاوٕ چھے یہنٛز واریاہ کتابہ یمہ لسانیاتکین مختلف خیالن تہٕ پہلون ہنٛز آبیاری کران چھِ یمن منز "لنگوسٹکس سٹڈیز اِن کشیمری"، ۱۹۷۷ء ۔ "ٹاپکس اِن ہیٚندی لنگوسٹکس ۱۹۸۱"، "لینگویج اِن ایجوکیشن ۱۹۸۳ء" "لینگویج، سٹایل اینڈ ڈسکورس ۱۹۸۹ء"، "سپوکن کشیمری ۔ اے لینگویج کورس، ۱۹۸۷ء" تہٕ بیٚنژھے ہشہٕ بیٚیہ تہٕ درجنہٕ واد کتابہٕ شامل چھے ۔ یمن سارنے کتابن اندر چھُ اکہٕ نتہٕ بیٚیہ طریقہٕ کاشرِ لسانیاتُک کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ پہلو وِشرٕناونہٕ آمُت ۔ یہ چھُ کاشرِ زبٲنی منز تیُوت اہم کارنامہ یُس بێیِس کاشرِس خاطرٕ رشک تہٕ سارنے کاشرین باپتھ فخر چھُ ۔ کول صاٲبن چھِ تمہ پہلو خاصکر اِمٹیک (کاشریکۍ)، سماجی لنگوسٹکس، جُملہٕ، اڈریس آف موڈس، ریلیشنز، وغیرٕ وغیرٕ وِشرٕناوی متی یمن متعلق تہٕ تُلنس برابر اَمہ برونہہ قلم اوس تُلنہٕ آمُت ۔

کول صاٲب چھِہٕ سٲنی کُنہہ زندگی ہِشہ ہس کُنہ تہٕ ژہس دوران لیکھہ پٮ۪ر دراے رودی متی ۔ تمو چھِ لسانیات، کاشُر لسانیات تہٕ ادبہ کین مختلف موضوعن پیٹھ تحقیقی تہٕ تنقیدی مضمون لیکھی متی

پۆ منز لگ بگ ڈوڈ ہتھ آرٹیکل مختلف رسالن منز شایع چھ سپدی متی۔ واریاہ آرٹیکل چھ INTERNATIONAL جرنلن منز تہ چھاپ گمتی۔ کول صاب چھ امہ علاوہ افسانہ تہ لیکھان۔ وُنیکتام چھ ہیٚندی واریاہ افسانہ چھپیمتی۔ یمو چھ کاشرین مختلف افسانہ نگارن ہندی افسانہ انتخاب کرِتھ ہیٚندی پاٹھی ترجمہ کرِتھ متی یُس ہیٚندِ بیاکھ بوڈ کارنامہ چھُ۔

کول صاب چھ پانہ تہ اکہ رسالکی ایڈیٹر یُس چھ اکھ لسانیاتُک ترجمان چھُ "سوتھ ایشین لینگویج ریوو" ناوُک یہ رسالہ چھُ ۱۹۹۱ء پیٹھہ چھپان یتھ منز معیاری مضامین چھپان چھ روزان۔ رسالس چھ مُلکہ نیبرِم نگارشات تہ موصول سپدان۔ اَمِچ ایڈیٹنگ، ترتیب، کور تہ گیٹ اپ چھُ کول صابنہ تجربُک، ذہانتُک تہ ایکسپوجرُک ضامن البتہ چھےٚ اتھ منز اکھ کمی آسمان یوسہ دَرِ گژھ سپدنی۔ یہ چھا کول سابنی خامی کِنہ اَمکہ ایڈیٹوریل بوڈُچ۔ سو کمی چھےٚ یہ زِ رسالس منز چھنہ اداریہ آسانے۔ اَمہ رسالہ ذریعہ تہ چھُ کول صاب کاشرِس لسانیاتس لول بَرِتھ تمیک تعارف پرمُلکن تہ مُلکی لسانی شوقہ والین کرناوان۔

پروفیسر اومکار ناتھ کول صابن دِیُت قومی دردہ تہ زبانی ہنزِ مالے آسنُک ثبوت تمہ ساتہ ییلہ یمو مُلکی تہ غار مُلکی لسانی ماہر کاشرِ زبانی ہنزِ کلھم تواریخہ نش محرم کرِتہ تمہ ہیٚچھناوِکھ کاشر رسم الخط۔ ریٚتےٚ یوت نہ بلکہ تِمن ناوِکھ کاشرِ زبانی ہندین مختلف پہلون پیٹھ قلم تہ لیکھناوِن مضمون تہ کتابہ۔ یِمن منز بورِس زکھارین ماسکو ، امریکُک پیٹرکُ، روتھ لیلا تہ کاشی والی تہ شامل چھ۔ مُلکین منز چھُ کار مورے سبارا د تہ اشوک۔ آر کلکر قابلہ ذکر۔ یم ساری چھ از تہ کاشرِ زبانی ہندین مختلف موضوعن پیٹھ مُنزی مُنزی قلم تُلان۔

پروفیسر کول چھُ اکھ ڈاینامِک شخص یُس اکثر آورُ چھ آسان۔ گاہے ایڈمنسٹریشنس ستی، گاہے ادبی مالملاتن منز، بعضے پرناونس ستی تہ اکثر ورکشاپن، سیمینارن تہ کانفرنسن ستی۔ زیادہ

وق چھُ کول صابُس وۄنی بین الاقوٲمی کانفرنسن منٛز مو کلان ، کرن تہٕ کیٛاہ ، وۄہری ڈٔریس چھےٚ کانفرنسہٕ آسان ۔ گرا ہرارے ، گرا ماسکو تہٕ بعضے آسٹریلیا نتہٕ امریکہ یا لندن ۔ یوٗتام لسٲنی مٲدانُک سوال چھُ اَسہِ کٲشرین خاصکر باوتھ کلچرل سوسایٹی تہٕ خصوصاً باوتھ رسالہٕ کین ایڈیٹرن چھُ ماجہِ کٔشیر ہندِس اُمِس مایہ ناز سپوٗتس پیٹھ تیوٗت فخر یوٗت اَسہِ پنڈت کلہن ( تواریخ ) ، محموٗد گٲمی ( ترجمہ مثنوی ) ، فردوسیِ کٔشیر وہاب حاجنی ( شاہنامہ ترجمہٕ ) رسول میر ( الولہ شاعر ) تہٕ عبدالاحد آزادس ( انتقاد تہٕ اَدبی موٗرخ ) پیٹھ چھُ ۔ تکیازِ یِم ساری چھِ پنٕنی پنٕنی انفرٲدی دانِن ہِندی دِسلٲبی تہٕ ارتقاے شہسوار ۔

بحیثیتِ ایڈمنسٹریٹر چھُ کول صاب سیٹھاہ لایق ۔ یِہندِس ٹیبلس پیٹھ چھُنہٕ اکہٕ دوہ کُہ کاکُد بٔکس دوہس پیٹھ بیوان تہٕ نہٕ چھِ یِم دفتری کاکد گرِ توان ٹلکہٕ یوٗت تہٕ ژیر لگہٕ ، اَمی دوہہٕ کٲم مو کلاوان ۔ البتہٕ چھُ یِمن منٛز اکھ خاص عنصر تتھ خوٗبی وِنہٕ وِکنہٕ خٲمی ۔ اگرنہٕ بِل ژٔر کھاریٔلی ؤلی ؤلی آو ، کول صاب چھِ یکدم پانٕے وۄتھان تہٕ متعلقہ کٲم کران مگر یِمن چھُنہٕ زانہہٕ شرارتھ کھسان ۔ مہمان نوازی منٛز چھُ یِمن زبردس رگار حٲصِل ، نرم دِل تہٕ نرم طبیعت چھُ یِمن پٲدٲیشی ۔ مذاق تہٕ جٹہٕ کرُن چھُ یِہنٛز زندگی ہِند اہم پہلو ۔

پروفیسر اومکار ناتھ کول یِم وُنی کین CIIL میسورکی ڈپٹی ڈایریکٹر تہٕ چھِ ، چھِ واریاہن ادبی لسٲنی تہٕ سمٲجی تنظیمن ہِندی ممبر تہٕ عہدہ دار ۔ یِم چھِ ڈراوڈین لنگوسٹک سوسایٹی ہِندی لایف ممبر تہٕ "لنگوسٹک سوسایٹی آف انڈیہک" صدر تہٕ ۔ غرض کول صابس متعلق یوٗت لیٚکھو تیوٗت چھُ کم ۔ اگر اَمہٕ سندین ۱۵۰ رہن مضموٗنن تہٕ ۴۲ رہن کتابن تنقیدی سام ہیمو ، ؤری وادن پیٹھ چھُ مواد ۔ افسانہ نگار آسی تن یا تنقید نگار ، لسانیاتُک کانہہ تہٕ پہلوٗ چھُ یا ترجمہ کٲری ہُند مادان ، ٹیکنالجی ہُند موضوع یا ایڈمنسٹریشنس منٛز استعمال سپدن واجینی زبان

باقی صہ ۳۹



ڈاکٹر امر مالموہی

# پروفیسر امکار ناتھ — اکھ تعارُف

کاشُر زبانی ہندی اکھ اہم ژکھودر، عالِم، صاحب نظر پاتُرھ زبانٕ زانن وٲلۍ لِسانی ماہر تہٕ ترٕیے درجن کھوتہٕ زیادٕ کتابن ہٕنٛدۍ الہٕ پلہٕ اکھ ہتھ زٕ تجھن تحقیقی، تنقیدی، ادبی تہٕ ثقافتی مضمونن ہٕنٛدۍ لِکھٲرۍ پنڈت امکار کول زاے ۷ ، ر جنوری ۱۹۴۱ء یِس منٛز کولہ گامس نکھہٕ اکس گامس منٛز یتھ بُجۄم ناو چھُ۔ یِم چھِ پریم ناتھ کول ارپن (یِم حال حالے سۄرگواس سپدۍ) ہٕنٛدۍ دویم صاحبزادٕ۔ کول صابن پٔر ابتدایی تعلیم بِجامہٕ تہٕ میٹرِک کوٚر کھ ۱۹۵۷ء ہس منٛز کولگام ہائی سکول کہٕ وٲرسہٕ۔ پریم ناتھ کول ارپن اوس اَدس ستر جان لوٚے کھوٚے تھوان تہٕ پانہٕ تہٕ شاعری کران۔ اَمہِ کنہِ سپُد امکار کولس گرٕ ہے منٛز جان ادبی ماحول میسر۔ کول صابُن وَنُن چھُ زِ تِمن بیٚٹھ چھُ ارپن صابُن سٹھاہ سۄن تہٕ گوٚن اثر۔ کول صابن ہیژ اَوٚکھمہِ جماژ منٛز تک بندی کرٕنۍ تہٕ تِہنٛد وَنُن چھُ زِ اکہٕ دۄہہٕ وُچھ ارپن صابن کول صابنہٕ غٲر حاضری منٛز یہِ تک بندی ہنٛز کاپی تہٕ اَتھ تھوٚو کھ لیکھِتھ ”مے چھُے ترٕے نِش سٹھاہ وۄمید“ یِم لفظ بٔرِتھ لوٚب کول صابن سۄ حوصلہٕ یُس از تام تِہنٛزِ شخصیژ برابر سگہٕ راوان چھُ۔ ارپن صاب آسۍ باپٲری پیشہٕ تہٕ اَمہِ موجوب اوسکھ وَق تہٕ کٲفی تہٕ

یہِ وق آسۍ تِم رسالہٕ، اخبار تہٕ کِتابہٕ پرٕنس تہٕ بلٕضے شار لیکھنس منٛز گذاران۔ ارپن صاب آسۍ ہٕنٛدی، اردو، فارسی تہٕ سنسکرت تہٕ جان پٲٹھۍ زانان مگر ”آدن یاد بیوم“ شارٕ سۄمبرنہٕ رۄس چھُپنہٕ تِہنٛد بیٚیہٕ کینہہ چھاپ سپدِ مُت۔ ارپن صابن تھیکنٕ لایق کٲم چھےٚ بھگوت گیتا ہٕنٛد کاشُر منظوم ترجمہ۔ اَمِچ خوبی چھےٚ یہِ زِ ستن ہتن شلوکن چھُ اَکس لیلایہِ ہنٛد فارم تہٕ روانی دِتھ اَکِس بحرٕ منٛز بِہتھ شارٕ پتہٕ اَکوے وَدج دِنہٕ آمُت۔ مِیانہِ خیالہٕ چھُ یہِ ترجمہ چھاپ کرُنک امکار ناتھ کولس پیٚٹھ اکھ اخلاقی قرض یُس نِکھ والنہٕ خاطرٕ کول صاب شاید پانہٕ تہٕ آرزو مند آسہٕ۔ اَرپن صابنہِ گرٕ ہچ تِمہِ ماحولن یُس اثر امکار ناتھس پیٚٹھ تروو تِمی بناو وارٕ یہس حدس تام امکار ناتھ کولنِٕ شخصیت۔ اننت ناگہٕ تہٕ ایس پی کالجہٕ تالیم پٔرِتھ کوٚر کول صابن بی اے تہٕ اَمہِ پتہٕ ایم۔ اے۔ تِم چھِ بینہٕ کامِکۍ گۄڈنکۍ گریجویٹ تہٕ پوسٹ گریجویٹ۔

ہندی مضمونس منٛز ایم اے کرِتھ یوٚد وے کول صابس امر سنگھ کالجہٕ تقرری تہٕ سپنز اما پوز یمو کوٚر نہٕ جوین۔ یِم گٔیے تحقیق کرنہٕ آگرہ۔ یہِ اوس کول صابنہٕ زندگی ہنٛد اکھ اہم فاصلہٕ تِکیاز آگرہ وٲتِتھ بدلیو کول صابُن سوچ

وارٚیہس خدس تام۔ K.M INSTITUTE جوین کٔرِتھ باسیوٗ او مکار ناتھ کوٗلس ییٚن یان اَکِس وُسی عٔلمی تہٕ ادبی ماحولس منٛز تہٕ پننہٕ لیاقتہٕ مطابق کوٗر یمو اَمہٕ ماحولہٕ منٛز فیضیاب سُیدُنک ارادٕ۔ ادارٕکِس سربراہ ڈاکٹر ماتا پرساد گُپت سٕنٛز نگرانی منٛز سُید کوٗل صابنہٕ تحقیقی کامہٕ ہُند آغاز۔ ڈاکٹر ماتا پرساد آسی مُلکی تہٕ غارٕ مُلکی شہرت یافتہٕ عالِم تہٕ محقق۔

یہنٛز عٔلمی بٔصیرتھ بنے یہ تٕرٛلیشہٕ ہِتس کوٗلس خاطرٕ امرِتھ دار۔ ظاہر چھُ زِ یہ تحقیق اوسہٕ محض ڈگری پراوُنہٕ خاطرٕ تحقیقک موضوٗع اوس "کٲشرِ تہٕ ہندی منظوم رامائن رِوایژٕنک تقابلی مطالعہٕ" اَمہٕ تحقیقکہِ زاوکِ جارن گٔنہٕ راوٕ کوٗل صابنِس دِلس منٛز اکہٕ طرفہٕ لسانیاتُک ماے تہٕ۔ بیٚیہ طرفہٕ ییٚنیہ یمن ساٚرٕ سے کٲشرِ تہٕ ہندی منظوم رامائن رِوایژٕ سام ہیٚنٕز۔ یمن سُید مولوم زِ کٲشرِس منٛز چھِ شٕتھ منظوم رامائن لیکھنہٕ آمٕژ تہٕ یمن ستن منظوم رامائنن ہندی قلمی نُسخہ گامہٕ گامہٕ تہٕ گرٕ گرٕ ژھانڈٕنی آسنہٕ کانہہ سہل کام۔ یمن سارنے رامائنن ہُند تحقیقی مطالعہٕ تہٕ اوس صبر آزما۔ یمو وُچھ زِ شنکر رامائنس منٛز اوس شوس زیادٕ بجر دِنہٕ آمُت۔ آنند رام تٕرسلن آس پننِس رامائنس منٛز والمیکی رامائنٕچ روایت پانہٕ ناوٕمٕژ۔ نیلہٕ کنٹھ شرماہن اوس تُلسی داسس ولیوٗر تلمت تہٕ پرکاش رام کوٗرِ گامی اوس کٲشرِ زبانی ہند میچھرِ تہٕ زہ بچھرٕ ژھیٚتھ اَتھ اندر مقامی رواژن جاے دِژٕمٕژ۔ کوٗل صابن کوٗر رامائنک اکھ نُسخہٕ پروفیسر بلجی ناتھس حوالہٕ یتھ تموٚ پتہٕ شیرٕ یار کٔرِتھ لیس پتہٕ کلچرل اکیڈمی چھوپ۔

لسانیاتک سر پہہ گنہٕ پہٕ کِنہٕ گے یہ کوٗل صاب جنوری ۱۹۶۹ء منٛز امریکہ تہٕ اتہٕ گٔر ILLINOIS یونیورسٹی منٛز اردو، ہندی پرنادٕنہٕ تہٕ اٰتی کوٗر یمو لسانیاتس منٛز پوسٹ ڈاکٹریٹ۔ امریکہس منٛز کٲشرِ زبانی ہندِس اکِس اہم ژٕکھی درپنہٕ برج کاچرو صابس ستہٕ رٕوٕ دِمن لوے کھوے مگر امریکہس منٛز گٔرِ کوٗل صاب مرحوم گردارِی تِکوٗن پانبارٕ کِنہٕ زیادٕ متاثر۔ یم اتہٕ تقابلی ادبُک" پروفیسر آسی۔

ہندوستان والپس یِنہٕ پتہٕ رٕوٕ دِکنیشٕرن وٗرِ یِن کوٗل صاب نارڈرن ریجنل لینگویج سنٹرکی پرنسپل تہٕ اَمہٕ پتہٕ رٕٹ یمو لال بہادر شاستری اکیڈمی مسوری منٛز زبانن ہند شوٗنٕچ صدارت تہٕ اتہٕ تہٕ کرٕکھ کٲشرِ زبانی خاطرٕ تھکِنٕ لالیق کام۔ ۱۹۹۴ء پیٹھٕ چھٕ کوٗل صاب بحیثیت پروفیسر تہٕ ڈپٹی ڈائرکٹر CIIL میسورس منٛز۔ اتہٕ کیاہ چھٕ یم کٲشرِ زبانی تہٕ ادبہٕ خاطرٕ کران پٕچھ باوتھ چھٕ فقط یتہٕ ہِن دٕہن وٗرِ یِن منٛز تمن دٕہن ورکشاپن ہنٛز کارکردگی وُچھِتھ سیدان یمن منٛز شٔری باتن تہٕ شٔری افسانن ہنٛز زٕ باگہٕ بُرٕژٕ کتابہٕ تخلیق کرنہٕ آیہٕ یمن پیٹھٕ رٔژھ رٔژھ بحث شیلد تہٕ یم کٲشرِس ادبس منٛز اکھ اہم اِضافہٕ چھِ۔

یوتام تخلیقی ادبک تالُق چھُ کوٗل صابن کرٕکِینٛزٕس کالس شاعری تہٕ تہٕ طالب علمی ہندِس زمانس منٛز لیچھکھ اکھ ہندی ناول تہٕ یتھ "بھولے بسرے چتر" ناو اوس۔ مگر ناول سپز نہٕ چھاپ، شاید اَمہٕ کِنہٕ کینٛژٕ کالی باسیوٗ تمِس اتھ کم ہِیٚن معیار تہٕ اَتھ شیرٕ یار کرنس آیکھ نہٕ دُبارٕ فُرصتھ۔ اکھ ڈراما "کرایہ

دار" تہٕ چھکھ لیوکھمٕت تہٕ مسوری منز کور یمُو "تصویر" تہٕ سٹیج۔ کول صاۂبنہٕ تنقیدی بصیرتھ چھےٚ یہنز پرتھ کتابہٕ منز ٹنز تہٕ پرنیز یمن چھے اسلوبیاتس سیتۍ خاص دلچسپی تہٕ اثیچ تعاریف چھہ یم تیتھ ڈسی کران زِ سوٗرے تحریری فن چھُ اکھو منز ژھان۔ یہند کنۍ چھُ اسلوٗب خارجی لفظو تہٕ علامتو کھوتہٕ زیادٕ داخلی کیفیتہٕ سیتۍ رنگ رٹان۔ یم چھہ اسلوٗبیاتس منز نقطہٕ نظر تہٕ تجربہٕ تہٕ شامل کران یُس وارہ یہس حدس تام صحی چھُ۔ یم چھہ ونان زِ لفظ یا طرزِ تحریر چھُ تجربک اکھ ترسیلی لباس تہٕ اسلوٗبک فقط اکھ حصہٕ۔

کول صاۂبن چھہ تقریبن سنٹھ کاشر افسانہٕ تہٕ لیکھ متۍ تہٕ یمو منز چھہ اکثر ہندی ترجمہٕ گژھتھ چھاپ تہٕ سپدمتۍ۔ کول صاۂبس چھےٚ باقی کاشرین لکھارین ہندی پاٹھۍ اکھ کتھ پیٹھ زبردس مُولوٗسی زِ کاشر زبانۍ ہندِ واریاہ ادب چھُ چھاپ نہ سپدنہٕ تہٕ بازرس پیٹھ کنہٕ ضایہٕ سپدان۔ کتھ چھےٚ سوٗے زِ یوتام کاشر بولن والۍ پننہٕ زبانۍ تہٕ ثقافژ لول برن نہٕ توتام روزِ کاشر زبان اتھ بیکسی ہنز حالژ منز۔ کول صاۂبن خیال چھُ زِ رت تخلیقی ادب پاد کرنہٕ خاطرٕ تہٕ چھےٚ ورک شاپن ہنز ضرورتھ۔ تھٕنہ ونن چھُ زِ آسٹریلیہس منز وُچھ تمو زِ تِمن تخلیقی ادبہ کین طالبہ علمن ہنز اکھ کلاس یمن پرتھ کانسہٕ ترین ہتن صفن ہنز اکھ ناول لیکھنو آسہٕ تہٕ سارسی کلاسس آس فقط اکھ ٹیچر یوسہ پرتھ کانسہٕ طالبہ علمس سیتۍ اکس اکس نوٗ قطس پیٹھ سیر حاصل بحث کرتھ تمہٕ سنزن تخلیقی صلاحیتن بروٗے کار انہٕ ہچ کوشش کران اٚس۔

اومکار ناتھ کولس چھےٚ واریاہ فیلوشپہ ملیمہٕ تہٕ وظیفہ تہٕ میلیمتۍ۔ یم چھہ واریہن تعلیمی، تیکنیکی، علمی تہٕ ثقافتی ادارن ہنز رُکن تہٕ عہدہٕ دار تہٕ واریہن یونیورسٹین سیتۍ چھُ یمن بحیثیت ماہر تعلق۔ کول صاۂبس چھےٚ کاشرٕ علاوٕ ہندی اردو، پنجابی تہٕ انگریزی زبانین پیٹھ دسترس تہٕ یہنز کتابہٕ چھےٚ عام پاٹھۍ انگریزی زبانۍ منز چھپیمٕژ۔ اٹھ دہ کتابہٕ چھےٚ ہندی تہٕ پنجابی زبانن منز تہٕ۔ جموں توٕ نہٕ متلق یہنز تحریر سپنز پنجاب یونیورسٹی منز تیتھ مقبول زانز تہٕ چھےٚ یہ سلیبس منز موجوٗد۔ یمو لیچھ کاشر ادبچ تاریخ تہٕ پنجابی زبانۍ منز۔ دَرد زبانن متلق تہٕ چھہ کول صاب پرٕ زِ واقفیت تھوان تہٕ امہٕ سلسلس منز چھےٚ یہنز کتاب "KOHISTANI TO KASHMIRI" وچھنہٕ لایق۔

کول صاۂبن پسندیدہ مادان چھُ لسانیات تہٕ صرف و نحو۔ کاشرس لسانیاتس متلق چھہ یہنز کام تھیکنہٕ لایق تہٕ کاشرس گرییرس متلق چھےٚ یہنز حال حالے چھپیمٕژ کتاب "KASHMIRI A COGNITIVE DESCRIPTIVE GRAMMAR" یہ سہ یوپنڈت کاشی ولی نہٕ اتھ واسہٕ لیچھمٕژ چھےٚ۔ یوسہ SYRACUSE یونیورسٹی منز کاشرٕ تہٕ جنوب ایشیائی لسانیاتچ پروفیسر چھہ۔ کتابہٕ چھُ ۹۵ پونڈ قیمت یُس تقریبن پانژہ ساس روپیہ گو۔ یہ قیمت چھُ شاید اومکار ناتھ کولس سارِ ے کھوتہٕ دزوگ کاشر لکھارکر بناوان۔ یہنز بیاکھ اہم چھپین واجنہٕ کتاب چھےٚ "KASHMIRI SYNTAX" یتھ منز پیٹر ایڈون

ہوٚکن اتھ واس چھُہ ۔ اَتھ کِتابہِ منٛز چھِے ہِندٲریائی لوٗت منظرس منٛز کاشُر لسانی بناوٕچ سام ہینٛنہٕ آمٕژ۔

کول صاحبن چھِے مہجورس متلق تہٕ کتاب لیچھمٕژ تہٕ کینژن کاشرین افسانن ترجمہ تہٕ کوٗرمُت۔ کول صابنین تحریرن منٛز فہرست سازی کرنٕ گیہ یمن سٟتی ناانصافی ۔ ضرورت چھِے اَمہِ کتھہِ ہنٛز زِ یمنٛزن کتابن ییہِ الگ الگ سام ہینٛنہٕ تہٕ اَمہِ سٟتی مالیٛن باقی کاشُر لِکھٲری تہٕ کینٛہہ حوصلہ تہٕ یہِ شوق ماگزٕ ھیکھہ زِ تِم تہٕ تراون ییتھ کٔن کینٛہہ تھٔکٔن لایق ۔

کول صاب چھُہ یینہٕ نہٕ علمی تہٕ تخلیقی صلاحیژن برٕ کارانٕتھ مختلف ادارن تہٕ کمینی ین ہنٛدس درخاسس پیٹھ قلیل مُدتی ماہرانہٕ کورس تہٕ سرانجام دِوان ۔ مثالے "

EFFECTIVE COMMUNICATION SKILLS

کورس چھ ترٕ یہِ پیٹھ پانژن دوہن ہُند REPORT WRITING " دوٚن دوہن تہٕ " TEAM BUILDING دون دوہن ۔ یم چھِہ مختلف ادارن منٛز ، TIME MANAGEMENT بیتر موضوعن پیٹھ دون گنٹن ہنٛدی لیکچر تہٕ دِوان ۔ یم سارے کتھ چھِے کول صابنہِ شخصیژ ہنٛد تیکنیکی تہٕ ماہرانہ پہلوٗ بَدٕ کڈان ۔ کول صابس چھِے سارے کاشُر شاعری پسند مگر لل دید، حبہ خوتوٗن تہٕ دینا ناتھ نادم چھِہ تِم خاص گرویدہ۔ کول صاب چھُہ یمن ترٕشوِ رلوایت ساز شاعر مانان ۔ نثرس منٛز چھُہ یمن مرحوم علی محمد لونُن اسلوٗب پسند تہٕ کُنہ تہٕ ادبی صنفہِ منٛز چھُہ یم "گچھ" اکھ ادبی حسن مانان یُس یرن واتس کانہہ چیز پیشر نہٕ بجایہ تخلیقی تجربس منٛز شامل چھُہ کران ۔

یہِ تعارف اندٕ واتناوہٕ بروٗنہہ چھُس یہِ ونُن زِ کول صابنہِ شخصیژ ہُند اکھ اہم پہلوٗ چھُہ تِہند سوبھاو۔ کول صابنہِ حلیمی تہٕ سادگی چھِے ہینٛزِ وزن دآری تہٕ وضعداری ہنٛد آینہٕ ۔ اَتھ شخصیژ منٛز چھِے سۄ درجِ زِ ھوپہ نہٕ زِ آرِ گر بزان ۔ اَکھ پُرسکون تہٕ باخلوص سادٕ منش ڈاکٹر اومکار ناتھ کول یُس پُزٕ پاٹھۍ ہلہٕ پمپوش پھوٗلمت چھُہ ۔ شہ پمپوش یمس نِش کاشرس کلچرس ، کاشرِ زبانہِ تہٕ ادبس بروٗنہہ کُن تہٕ واریاہ وومید چھِے، یہِ چھُس یاد تھ رسالہٕ کین ایڈیٹرن ڈاکٹر آفاق عزیز تہٕ ڈاکٹر محفوظ جانہٕ ہُند مشکوٗر زِ تِمو دِیت مے اَمس بہا پایہ شخصیژ پیٹھ لیکھنُک موقعہ ۔

●●

## بقیہ ہری کرشن کول

کینژ بیوٗن بیوٗن لوٗکھ بیوٗن بیوٗن اغراض تہٕ مفاد لوٗ پر کرتھ باپتھ زٕ یار کھڑا چھِہ کرِ کرِ مٟتی. اَمہِ کھوتہٕ تہٕ بڈ کتھ چھِہ یہ زِ ترجمہ کار تہٕ چھُہ کاشرین ہنٛد شیٛرِ تہٕ پزر، دُودٕ تہٕ دگ یمنہِ سٟتی ظریفی پیٹھ پانے پانس طنز کرُنک مزاج یُس کاشرِ زبانہِ منٛز پے نوٗن ہیکہِ نیرتھ۔ مگر سۄ چھُہ تہٕ کرتھ تہٕ اُمید تہٕ وُنپر زبانہِ ہنٛدس جامس منٛز پیش کرنس منٛز سیٹھاہ حدس تام کامیاب روٗدمُت ۔

بہتر روٗزِ ہے اگر افسانن ہنٛدین ہندی عنوانن سٟتی کاشرس منٛز تِہند کر اصل عنوان تہٕ دِنہٕ آسہ ہن آمتی، یمہِ سٟتی سَید ہے کوٗشُرزانن والین یم افسانہٕ بَدٕ کڈنس منٛز آسانی ۔

●●

ہلہٕ جہلم گنگہ جیحون چیمن
لگہٕ بھٕتی زِ رپانٕ کانہہ نہٕ کانٛہہ (آفاق)

آر۔ کے۔ بھارتی*



# ووم جی تہٕ بہٕ

پروفیسر اومکار ناتھ کول یٚمِس مول موج وومکار ناتھ ناو آلوٚ چھُ کران زادٕ بۄد گامہٕ۔ یہِ گام چھُ کولگامہٕ ہیٚنٛہٕ ژور کلومیٹر لوٚن کُن یارِ پۄر کرِ دٔ تہٕ ہیٚنٛہٕ۔ اٚمی سندِس ماٚلِس یِم زٕن حال حالے (سال ۱۹۹۷ء) سورگواس گٔیہٕ اوس پریم ناتھ کول ارین ناو۔ یہنٛزِ والدس چھُ ناو شوباوتی لیٚنٛد مالیٚن اوٚل گام چھُ یٚس زٕن کھُر بٹہٕ پۄرس تہٕ منٛز گامس منٛز باگ چھُ۔ یہِ چھُ اہربل تہٕ کولسرناگ دٕتہٕ ہیٚنٛہٕ یارٕ گھٚلِس منٛز اکھ گام۔ پریم ناتھ ارین آسی ہیلہٕ پایکی شاعر، سماجی تہٕ سیاسی کارکُن۔ ووٚنی گوو گامس منٛز زبہٕ کِنٛز میٚچ نہٕ تِمن سۄ شوہرت یٚیمکِ تِم حقدار آسی مشلن تِمن اوس بے نوقطہٕ باتھ لیکھنس منٛز کمال حاصل۔ بہٕ دِمہٕ اَکھ مثال ع:

کاسہٕ دِلکۍ دود کُس یِیے آسہٕ سٕے دلدارٕ ما
دٲصلس وسواس اصلی حاصلے شمارٕ ما

ووٚمکار ناتھ یٚمِس زٕن ٹاٹھنیارِ سببہٕ ازکل تہٕ گرِکۍ ووم جی وَنان چھِ، اوس لۄکچارس تِتھے اکھ ژٕکہٕ یِتھ زٕن اٚمی سندۍ ساتھی پرتھوی ناتھ کول (اٚدِ سند پتٕر لۄکۍ) آنجہانی شومبو ناتھ، غلام نبی تہٕ بہٕ رام جی (آر۔ کے۔ بھارتی) وغیرہ چھِ۔ ووم جی یٚس اوس لۄکچارس اَدٕ کوٚل گرٕزھان تہٕ "ر"، اوس نہٕ ہیکان ادا کٔرِتھ تہٕ اٚسی اٚمِس دِیان "ووم جی یا ہتلہہ ہر۔۔۔ ر کر" شہ اوس کران "ہہیہہ" تہٕ اٚسی آسی ساری اسان۔

بوگامہٕ منٛزی چھِ دٔریایہِ "ماو" وسان یُس اَڈِ جنہٕ (اکہٕ گامُک ناو) نشہٕ دریایہٕ ولیشوٚ منٛز نیران چھِ تہٕ مرہامہٕ منٛزی چھِ یارِ پۄری کِنٛز دٕستھ آرٕ وُنی ژٕس وٕتھِ ستٕر لان، ولیشو چھِ کولسرناگہٕ منٛز نیران تہٕ اہربلہٕ آبشارٕ منٛزی دٕستھ کولگامہٕ منٛزی وسان۔

ووم جی اوس بوگامہٕ سکولس منٛز پران تہٕ شیٚمہٕ پتہٕ کولگامی ہائی سکولس منٛز۔ اٚمی چھُ پنٕنہٕ اکِس کتابہِ منٛز تہٕ لیٚوکھمت تہٕ مے چھِ پایہٕ نہٕ تہٕ خبرٕ اٚسی آسی وٕ تہٕ وٕ تہٕ ڈٕل واریو منٛز لارٕ مرٕ ژوانگن ژٕوٕرِ نوان تہٕ کھٕسوان۔ مگر تِمن دوہن آسی نہٕ گرِکۍ یِمن کامن ہیٚنٛہٕ شاباش کران یا کتھاہ تراوان بلکہٕ آسی سخ مارٕ دِوان۔ وارِہند ماٚلِک تہٕ اوس نہٕ زیادٕ سختی کران۔ ووٚنی گوو ہاہتھاہ وآتھا گیوٚد آسی یِتھے تہٕ نصیحت

تہٕ اوس کران زِ یہِ لگہٕ نہٕ کرٕنؠ تہٕ خاص طور فہمائش کران زِ
کلٕمہٕ گژھن نہٕ ژھینی مولہٕ گڈِتھ تہٕ وارٕ نگہٕ نہٕ لیتہٕ مونڈ کرٕنۍ۔ اَزٕ کل چھِ
ژٕھن کنھن بیہِتھ بجہِ لگاوِ یہٕ گژھان۔

پونیوگامہٕ نش آس اکھ پرٲنۍ لوٗنۍ تہٕ عموماً اوس اَسہٕ شُرین
اَتہِ تصرف گژھان تہٕ پتہٕ اوس مولوی صاحب پھوکھ دِوان
تہٕ اَسی آسی بلان مگر پتہٕ ییلہٕ اَسی بڈٕ گٔیہٕ۔ نہٕ اوس اَتہِ تصرف
دارِ تہٕ نہٕ اوس مولوی صابس تکلیف لگان

ووم جی لیس آسی نہٕ مکانہٕ۔ اکھ اوس خام تہٕ سنگل دِتھ
مگر ژُلوٗر۔ بیاکھ اوس پوختہٕ ژُلوٗر، یتھ زن اکھ تہہ خانہٕ تہٕ
اوس۔ ییلہِ یہند خاندان بجرٲے کران اوس تہٕ گوڈنکس پورس
منز اوس یمن وان تہٕ اَسی شُری آسی اَتہِ ژوٗر ژوٗر رکھو بر خژٕر
بادام، شیرین وغاٲرٕ ہیتھ ژلان تہٕ کیاز اَمہٕ کِس گُدامس منٛز
اوس نہٕ گاش تہٕ اَدٕ کنہٕ اوس نہٕ اَسہٕ کانہہ رٹان۔ دوٚیمس پورس
آسی ونان "آنہٕ کُٹھ"۔ اَتھ آس ووٚر وٚسی لگِتھ۔ ییمہٕ کہٕ بون
والنہٕ اَتھ ژور کمرٕ تہٕ کھالنہٕ سیتی بوڈ ہال بنان اوس۔ یُس
کھاندرن ووٚ ژھن (مہمل۔ شادی بیاہ۔ وُتسو۔ یانے بوڈ
دوٚہ) بیہِتھ اَکار بکار یِوان اوس۔ اَتھ آسی رنگ بارٕنگی
شیشہِ لگِتھ تہٕ اَتہِ آسی بہٕ تہٕ ووم جی 1956ء منٛز میٹرِک
بتہٕ تِل پران مگر ییہند یوت گرٕ اوس اَتھ علاقس منٛز
ییتہٕ یمن ایامن منٛز گیس لیمپ اوس، گراموفون تہٕ ہارمونیم باجہٕ
اوس تہٕ کیازِ یہندِس گرس اوس گموٗنس گیندنس سیتی خاص لگاو۔
پرتھوی ناتھ اوس جامہٕ لاگِتھ نژان۔ ترٕیمس پورس اوس ناو
"جالہِ کُٹھ"۔ اَتھ اوس ختم بند تالو تہٕ جالہِ لگِتھ۔ اَتھ منٛز آسی ہوا
سیٖمہٕ ربتہٕ کالس شونگان۔ اَکہِ دوٚہ ییلہٕ کُنہٕ تام دوٚپ

"گژھو ووٚنٛرو۔ ہیٚر چھِو ہوا" تہٕ اَسی لارے یہِ ساری کُھسی
ہیتھ تہٕ وٲتی جالہِ کُٹھ ..... اَژور مس پورس آسی بیاری کالی
ونان۔ اَتہِ اوس ٹینہٕ پیش کرمان تہٕ اَسی شُری آسی اَذ تہٕ
حمام کرنہٕ گژھان یا تے پانس عارق انہٕ، پتہٕ آسی دوٚے
ہیتھ وسان تہٕ ماوِ ہندِس ٹھنڈ پانس منٛز ووٚٹہٕ لایان تہٕ
عموماً اوس توت ترٕین گژھتھ اَسہٕ نزٕل کران یا تیتھ گژھان۔
ربتہٕ کالس اوس ماوِ آسان زیادٕ لوٗنۍ۔ لحاظ آسی نہٕ گرِکی دِوان
جادٕ ترٕ اَتھ منٛز وسنہٕ مگر اُتی آس اکھ لوکٹ کول یتہٕ "دیجہٕ
ناڑ" ونان آسی۔ اَتھ منٛز اوس کھاوٕ وفٕ نزٕ وسان یُس زن
شیر گرم اوس آسان تہٕ اَسی آسی اَتھ منٛز وشیراہ کران مگر اَتہِ
آس لگان کھاز تہٕ گُنش کُنش اَسی آسی پانس رٹھ والان۔

میٹرِک پتہٕ گوو ووم جی اننت ناگ کالجہٕ تہٕ پتہٕ
کشمیر یونیورسٹی منٛز ہندی لیس منٛز ایم۔اے کرنہٕ۔ یہِ اوس
۱۹۶۲-۱۹۶۳ء بہٕ اوس کران B.ED تہٕ ایم اے
ہندی پرائیویٹ پاٹھی۔ اَسہٕ اوس ڈیرٕ کہٕ دٕتہٕ سری نگرکہٕ
سٹرکہِ تارا یہٕ ہندِس گرس منٛز۔ سون کمرٕ اوس ہیرٕ تلہٕ کنہٕ مگر ہوٗل
اَسہٕ اوس اکھ "ستارٕ" ناوٕ کورٕ مت۔ اَتھی ستارس منٛز کوٚر
اَسہٕ دوشوے ہندی لیس منٛز ایم اے، پاس۔ پتہٕ گوو ووم
جی آگرہ اَتہِ کورن ہندی لیس منٛز "پرکاش رامنس رامائنس
پیٹھ پی۔ ایچ۔ ڈی۔

ووم جی ین گُذارِ ۱۹۷۱ء اندی یکھ ترٕ ٲرۍ
امریکہس منٛز ییتہٕ یموٚ اِلنایہ اربانا یونیورسٹی منٛز ایم۔اے
لینگوسٹکس کوٚر۔ سڈنی آسٹریلیاہس منٛز کرٕیمو ۱۹۷۹ء منٛز
ہیچ ایجوکیشنس منٛز سرٹیفکیٹ حاصل۔ ووم جی لیس چھِ ہندی

اردو، کاشُر، پنجابی، انگریزی تہٕ فرانسیسی زبانن ہنٛد پوٗر عِلم۔ زیادٕ تر چھہٕ یم لسانیاتس منٛز دِلچسپی تھاوان تہٕ اَتھ بیٹھ چھےٚ یمو درجن واد کِتابہٕ، لیٚکھمٕژ تہٕ ہتہٕ بٔدی پیپر چِھکھٕ تحریر کٔرمٕتۍ۔

ووم جی چھُ فِطرتن مزاحیہ مزازُک۔ یہٕ رَتھ کتھ پیٹھ چھُ کیٚہنہٕ نتہٕ کیٚہنہٕ کھٔس وَنان۔ یینٛلہٕ اَہنٛز لوکچہ بینہٕ شاما جی کھانٛدر اوس تہٕ اَمس اوس کلہٕ پیٹھ پٔتلون رٔٹِتھ وومت تہٕ اَمی ڈِرٕھ کرِکھ۔ "نے یہٕ کٔس اوس۔ رام جی لٔس تہٕ مے سوٗکے لٔس اوٗت پلیشود"، وجہہ چھُ یہٕ زِ بہٕ تہٕ ووم جی چھہٕ باتیو کھوٚتہٕ قد کٕنز زیٹھی بہن۔ اَمس چھُ فطری طور عادت اعتبار کرُنک۔ بہٕ تہٕ یہٕ آسہٕ دٕہن ڈاین ؤریٚن یکہٕ وٕٹہٕ ڈیرس تہٕ اَکِسے طاقس پیٹھ آسہٕ پننۍ پننۍ پولسہٕ تھاوان تہٕ از تام چھُنہٕ زانہہ تہٕ ہیر پھیر گومت یا اَمی زانہہ وٕنمُت کہٕ مے رلٲے پولسہٕ۔ اَمی چھُ تقریباً دُنیاہکس سارنے مُلکن ہنٛد سفر کوٚرمُت مگر سوٗ ساد گی تہٕ وِژھہ واَنجہٕ میلُن نٕزوٕ نہٕ اَمی تہٕ نہٕ گوٚو اَمس لوٗڈ آسنک زانہہ تکبر۔ یِرُسے اوسُس بہٕ اَمس نٕش میسور تہٕ بہٕ اوسُس اَمِسے نٕش رُوزِتھ تہٕ۔ اَمی چھُنہٕ مے زانہہ تہٕ بٔتہٕ دِتمُت رنٛنہٕ ییٚلہٕ زن تمن دٕہن اوس بہٕ اَمس رنن دوٚل تتہٕ تہٕ آسہٕ آسہٕ پرٲنی پاٹھی بیٚنہٕ یکہٕ وٕٹے یانے تٔرِ وارٕ بتہٕ کھیوان۔

ووم جی لٔس گوو پرُنک بہانہٕ تہٕ اکہٕ حسابہٕ میٚونے (میانہٕ وننک مانہٕ چھُ اعلیٰ تعلیم) ییٚلہٕ ۱۹۵۴ء پتہٕ اَمی سٕندی مٲلی ژھوو یہٕ اول سیر نباوُن مگر مے دِیت نہٕ یمن یہٕ مشورٕ تہٕ تموٚ تہٕ موٗن۔ یہٕ چھُ پوٗز زِ اول سیر بٔنِتھ آسہٕ ہن اَمس رٕفہ پینٕ منٛز

مگر تتیلہٕ ما آسہٕ ہے یہٕ ڈاکٹر اومکار ناتھ کول تہٕ کشیرِ ہٕندِ زٕ ممتاز جوان سال سکالر، نقاد، شاعر تہٕ افسانہٕ نِگار ڈاکٹر آفاق عزیز تہٕ ڈاکٹر محفوظہ جان ما چھاپہٕ ہے باوتھ ہوس پرٕیس ٹیچس رسالُک ووم جی یُن سپیشل نمبر۔ حالانکہ یہٕ چھُ کانٛسہٕ اعلیٰ شخصیژ پیٹھ باوٕتک دوٚتیمے خصوٗصی شمارٕ۔ اَتی چھُ فکرِ تران زِ ووم جی یُن مقام کیاہ چھُ کاشرِس ادبس منٛز خاصکر تھ نوجوان لسانی سکالرن منٛز۔ ووم جی لٔس عِلم و دانِشس چھُنہٕ تعریفن ہنٛز ضروٗرتھ مگر یمو چھُ بیٚن دِل وٕ وٕتھ تھوٚومت۔ ییٚلہٕ اَمی "کاشرِ ہن محاورن ہنٛز ڈکشنری" مے ہاوٕ تہٕ مے دِژ اَتھ سرسری نظر تہٕ وٕونُس "اتھ ہِسا گوژھ کُنہ جایہٕ لفظی ترجمہٕ بجایہٕ صحی انگریزی محاورے آسُن تہٕ کِنیا زِ یتھی محاورٕ آسہٕ انگریزِ لِس منٛز دستیاب۔ اَمی کوٚر بلا تکلف سوٗرے مسوٗدٕ مے حوالہٕ تہٕ چھُن امچہ گوٚو ڈٔکِتھ منٛز شُکریہ تہٕ ادا کوٚرمُت۔

یہٕ چھُ ہاوان زِ یہٕ نفر کوتاہ بہٕلہٕ پایک چھُ۔ اَمی سٕنٛز شخصیژ چھہٕ دٕہن حِصن منٛز باگرٕنٕ لایق۔ اکھ گوو دِسیٚو تہٕ سادٕ عام کاشُر ووم جی لٔس زن آسی آسہٕ تہٕ یتھرِس پیٹھ بہان، کھاَسہ منٛز چاے چیوان تہٕ تھالس منٛز بتہٕ کھیوان چھُ۔ سٕیٚن ہاکھ آسہٕ تن یا ہنٛد۔ یہٕ چھُ دپان "کاکنٕز یتھ منٛز لوگ نہٕ زانہہ"

گرس منٛز ژادر آسہٕ تن تہٕ یہٕ ژھارِ نہٕ دٔسہٕ، شیر چاے آسہٕ تن، یہٕ ژھارِ نہٕ کافی یا لیپٹن۔ دوٚیم پہلو چھُ اَمی سٕنٛد بٔجن بٔجن محفِلن منٛز ییٚتہٕ زن دُنی ہٕچین یونیورسٹی یِن ہٕندۍ پروفیسر تہٕ ایڈمنسٹریٹو سروِس ہٕندۍ اَفسر چھہٕ آسان تہٕ تتہٕ چھُ یہٕ بِلکُل اعلیٰ سوسائٹی ہٕنٛد نفر آسنک واقعی ثبوت دِوان۔ عام طور

باقی صہ ۲۳

ارجن دیو مجبور



# کول۔ لسانیاتک مشہور عالم تہٕ رُت اِنسان

یمہٕ پانٛژہ جومی صوٗبس منٛز ڈاکٹر سدھیشور ورما لسانیاتک ماہر ماننہٕ یوان چھُ تِمے پانٛژہ چھُ لسانیاتکس دُنیہس منٛز کاشُر زبانۍ ہِند وساطتہٕ ڈاکٹر اومکار ناتھ سُند ناو ہیوان یوان۔ ڈاکٹر کول زاو کولہٕ گامی تحصیلس منٛز بوٗ گوم کامس منٛز کاشِرس شاعر پنڈت پریم ناتھ ارین سنٛدِ گرِ۔ ارین سیدٕ کینہہ کال برونہہ سورگواس۔ ارین اوس میون دوس تہٕ تہٕ قدر دان تہٕ۔ تیلہٕ اوس کول صاب اکھ لوکُٹ لڑکہٕ ییلہٕ بہٕ یہند گرٕ گوس۔ سونتھ کالکی دوہ آسی۔ ارین سنٛزِ دارِ منٛز اوس ووستہٕ باکھ تہٕ کانٛل ڈورِن منٛز بَجرک پرٕ توتراوان۔ اُندی ٹکی آسی ژیرٕ، بادام تہٕ ژونٹھ کُلی پھولی مِتی۔ شامن ییلہٕ آسی کنٛہہ باتھ کرنہٕ بکی اکھ لوکُٹ لڑکہٕ آو تہٕ لوٗگ دلچسپی سان سانٛن کنٛہہ باتھ بوزنہٕ۔ کُس ہیکہٕ ہے اَمہٕ ساتہٕ یہِ ونِتھ زِ کول نیشہٕ ناوِ زبانۍ سائینس کِس مادانس منٛز کٔشیرِ ہُند ناو۔

واریاہ وٕہری پتہٕ بوٗزمے زِ ڈاکٹر اومکار۔ این۔ کول چھِ پٹیالہ ناردرن لینگوئج سنٹرس منٛز پرنسپل سٕندِ عُہدٕ پیٹھ کام کران۔ اَتہٕ ہیوتہٕ روٗد ڈاکٹر کولس کاشر زبانۍ ہُند ژکھ ونٛتش دِوان۔ سُہ اوس اکثر سیمنارن منٛز کاشرِن اُدیبن شرکت کرنٕچ دعوت دِوان۔ مے تہٕ لیوٗکھ تِمو واریاہ لٹہٕ پٹیالہ ینہٕ باپتھ۔ مگر زندگی ہنٛز دِرِیشانیو دِژنہٕ موہلتھ۔ مے وُچھ ڈاکٹر کول گوڈٕنچہ لٹہٕ کشمیر یونیورسٹی ہندِس کاشرِس ڈیپارٹمینٹکس اکِس سیمنارس منٛز۔ اکھ شرافتک مجموعہ، اکھ عالم تہٕ اکھ لسانی ماہر۔ مَس سفید، سوٗٹھ لاگِتھ، پوٗز ینِس مضموٗنس منٛز پرتھ زنگہٕ حاضر جواب۔

کٔشیر ینِتھ تہٕ روٗد مے تہٕ کول صابس درمیان خط و کتابت جاری۔ تِہنٛزی خاہشہِ پیٹھ گوس بہٕ آل انڈیا انسٹیچیوٹ طرفہٕ انڈین لینگویجز میسور تہٕ۔ یہِ سفر روٗد واریاہ ژگی میانہِ خاطرٕ جان۔ ڈاکٹر کول سنٛز لسانی کامہٕ ہُند انداز لوٗگ مے میسورس منٛز۔ ڈاکٹر کولن یمہٕ اہم کتابہٕ لسانیاتکس مادانس منٛز لیچھہٕ، تِہنٛز مولانکوٗن چھنہٕ یتھ مضموٗنس منٛز ممکن۔

اہم کتھ چھِ یہِ زِ کٔشیرِ ہنٛد اکہٕ یتھ کھورِ گامہٕ۔ پرتھیومت کوٗل کِتھہٕ پانٛژہ ووت اتھ مقامس یتھ پیٹھ ازُس چھُ۔ مے چھُ باسان اَتھ منٛز چھُ دون کتھن ہُند ٹاکار اَثر۔ اکھ پنڈت پریم ناتھ ارین صابنی زبان شناسی

تہ دوٚیم ڈاکٹر کول سٕنٛز میٛمنت۔ کول چھُ انگریزی، ہندی،
اردو، پنجابی تہ کاشُر زبانہِ ہُندٕ عالم۔ تِمو کٔر کاشرِ زبانہِ
ہندِس لِسانیاتس۔ سٹرکچرس تہ صرف و نحوس پیٹھ تحقیقی کٲم۔
تِمن سُند انگریزی کرِ پٲٹھۍ AN INTENSIVE COURSE
IN KASHMIRI سُید جنوری 1985ہس منز چھاپ،
462 صفحہ یہ ضخیم کتاب چھِ انگریزی کرِ تہ کاشرِس منز
لیکھنہٕ آمٕژ۔ یہ چھِ تِمن لوٗکن کوٗشر ہیچھناونہ
موکھ لیکھنہٕ آمٕژ یِم انگریزی زبانہِ منز کوٗشر پرٛن چھِ
ییژھان۔ ڈاکٹر کول سٕنٛز سانہِ دروار کتاب چھِ نومبر 1996ہس
منز چھاپ سپدٕمٕژ گرامر KASHMIRI- A
COGNITIVE DESCRIPTIVE GRAMMAR
اَتھ سیتھ چھِ کاشی والی سرٛاکیوس یونیورسٹی ( SYRACUSE
UNIVERSITY) تہ کول صاَبس سیتی شامِل۔ اَتھ
گرامرس چھُ 95 پونڈ قیمت۔ اَتھ بارس منز وَونٛ مے
کول صاَبس زِ بہتر گژھِ اگر اَمہ کتابہِ ہندی نٲشر امیک
اکھ PAPER BACK ایڈیشن تہ کڈہن۔ کاشی والی
چھِ دہن وٕرین کاشرِ زبانہِ پیٹھ کٲم کرٕمٕژ۔
ڈاکٹر کول سُند دِیُت چھُ سماجی لِسانیات تہ جنوبی ایشیاہِچن
زبانن پیٹھ کٲم۔ ڈاکٹر کول روٗدی لندن تہ باقی کیٛژن
جاین تحقیقی کٲم کران تہ از چھِ بحیثیت ڈپٹی ڈائریکٹر
ہندستانہِ زبانن ہندِس میسور کِس مرکزی ادارس منز۔
ڈاکٹر کولن لیکھۍ وارِیاہ تحقیقی مضموٗن۔ یِم لِسانیات کِس
مادانس تہ ہُند لوٗڈ دِیت چھُ۔ تِمو کٔرۍ ہندی پٲٹھۍ کاشرِن
کہانین ہندی ترجمہ کتابی صورتس منز شایع۔ تہ کاشرِن

محاورن ہنٛز سو مبرن تہ کٔرکھ چھاپ یتھ ناو چھُ ( A
DICTIONARY OF KASHMIRI PROVERBS)

ڈاکٹر کول روٗدی مسوری منز لال بہادر شاستری نیشنل
اکاڈمی آف ایڈمنسٹریشن گورنمنٹ آف انڈیا چہِ لینگویج
فیکلٹی منز پروفیسر۔ اَتھ قومی اکاڈمی منز چھِ ہندستان
کیو مختلف صوبو پیٹھ تربیت پراونہٕ موکھ افسر یوان۔
یِمن افسرن منز چھِ ڈپٹی کمشنر ہوی افسر شامل۔ ڈاکٹر
کول روٗدی اَتھ ادارس منز تہ قابل قدر خدمت انجام
دِوان۔ یوٚہے اوٚس شاید سۄ وجہ زِ یوت یوت کول
صاَب گژھان چھِ تَتہ چھِ انتظامی افسر تِمن احترام کران
تہ تِمن سیتی یکان۔ اَتھ دوران کٔر تِمو کاشرِ زبانہِ
ہنٛز کمپیوٹر ٹایپہ ڈسک لیکھنس متلق کٲم شوٗرٕ تہ یتھ
اکھ نمونہ آو سارنے کاشرن ادیبن سوزنہٕ۔

ڈاکٹر کول سٕنٛز انتظامی تہ علمی صلاحیت تہ شرافت
چھِ مختلف ہندستانی زبانن متلق سیمنار منعقد کرنس منز
تِمن پرتھ وزِ اَتھ روٹ کران۔ پتہِ مس وٕرکِس منز
کٔرۍ تِمو جمہ کاشرِ، ڈوگری تہ پنجابی زبانن ہندی
کہتہ ورکشاپ کامیابی سان مکمل۔ کاشرِس تہ ڈوگری ورک
شاپس منز آیہ بچن ہند خاطرٕ RHYMS (لَیہ) تیار
کرنہٕ یِمہ کتابی صورتس منز چھاپ سپدن۔ پتہِ مس وٕرکِس
منز آو ڈاکٹر کول سٕنٛز رہنمائی منز بچن ہند باپتھ اکھ
کہانی ورکشاپ میسورس منز منعقد کرنہٕ۔ افسانہٕ ہنٛز یہ
کتابہٕ آیہ حال حالے چھپتھ
ڈاکٹر کول چھُ اکھ مکمل کوٗشر تہ اکھ شریف النفس / باقی صـ ۶۵

کول صٲب مسوٗری ہندس لال بہادر شاستری نیشنل اکیڈمی آف ایڈمنسٹریشن گورنمنٹ آف انڈیاہکس دفترس منز



کول صاب تہٕ پیٖٹر ہُک ایل بی ایس این اے اے کِس آفسس منز کام کران



# ڈاکٹر اومکارناتھ — اکھ شخصیت — وارِیاہ پہلو

۱۔ ڈاکٹر کول۔ اکھ مزاحیہ کردارُن انسان:

ڈاکٹر اومکارناتھ کول صاَبُس سٟتی میٚون گوڈنیُک مُلاقات سپُد ازٕ بروٚنٹھہ تقریباً ترٕہ وری آگرہ یونیورسٹی ہٕندِس کے ایم انسٹیچیوٹ آف سٹیڈیز اینڈ لِنگوسٹکس ادارس منٛز۔ یہ گوڈنیُک تعارُف روٗد سیٚٹھاہ مزدار تہٕ اَسہٕ دُن۔ تعارفس دوران یام اَسہٕ پنٕنۍ پرٕانۍ نقصن پھیرِ دیُت تام ہیٚتی کول صاَبن چھُٹھ کلہٕ وَنُن۔ یہ نۄ زان پہچان گٔیہ پہ تہٕ پٕہنز یارِ منٛز تبدیل۔

انسٹیچیوٹ تہٕ ہوسٹلس منٛز سٟتی روزنہٕ رٕکنۍ بڑے یہ ساٚنۍ قوہ رنجہ، ڈاکٹر صاَبن ہیٚنچھ میانہٕ مادری زبانۍ تیلگو چھِ کیٚنہہ کٕتھ تہٕ مےٚ ہیٚنچھ کیٚنہہ کاشُر کٕتھ۔ سون دوہ اوس مزاحیہ کتھو سٟتی شۄرٕ گژھان۔ اکھ دوران یم ذٲتی مشکلات مےٚ درپیش اٲسۍ تم گیہ مے ڈاکٹر صاَبنہٕ صوحبتہٕ منٛز مُشتھ۔

ڈاکٹر کول چھِ اکھ دلچسپ، مزاقیہ تہٕ رنٛگہٕ وٕنۍ شخصیت۔ یمن اگر یوٚہ مذاق کرِو یمن چھِنہٕ زانہہ ژکھ کھسان بَلکہٕ چھِ امیُک پوٚر لطف تُلان۔ ٲمۍ سٕند زندہ دلانہٕ سوبھاوٕکِنۍ گوو سائنس گرۄپس منٛز دوستی ہُنٛد تیُتھ ماحول پادٕ زِ اٲسۍ اٲسۍ نہٕ اکھ اَکِس بغار روزان۔ یوٚت گژھن آسہٕ ہے تۄت اٲسۍ سارۍ یکہٕ وٹہٕ گژھان۔ ساٚنۍ جماتھ اَس ہمیشہ پنٕنین وہ ستادن یژ کٕھ کران۔ پنٕنین وہ ستادن خلاف کرٕہو نہٕ اٲسۍ کانٛہہ تہٕ کتھ برداشت، امہٕ پتہٕ نوکری منٛز ییتھ تہٕ روٗد کول صاَبُن پنٕنین دوستن تہٕ ساتھین سٟتی ورتاو سیٚٹھاہ مۄدُر تہٕ رحمدلانہٕ۔

ڈاکٹر کولس سٟتی میون یہ ساتھ چھُ پٲٹھۍ میوتینیہ ترٕہو[٢٣] ڈری یوٚ پیٹھہٕ آژھیوٚن۔ اٲسۍ اٲسۍ آگرہ یکہٕ وٕٹہٕ پتہٕ پیٚلہٕ یہ ۱۹۶۸ء ہس منٛز امریکا گوس کول صاَب تہٕ آد شیٚنیہٕ رٕتۍ پتہٕ۔ یہ اوس ساٚنہٕ دوستی ہُنٛد سنبر۔ اٲسۍ روٗد ساتہٕ تہٕ یکہٕ وٹہٕ۔ آگرہکۍ تم دوہ آیہٕ بیٚیہ واپس۔ امہٕ پتہٕ میج مےٚ سینٹرل انسٹیچیوٹ آف انڈین لینگویجز میسورس منٛز نوکری تہٕ یہ آس ہندوستان واپس ڈاکٹر کول تہٕ آو مےٚ یتے۔ ٲمس میج سینٹرل انسٹیچیوٹ آف انڈین لینگویجکس ناردرن ریجنل لینگویج سینٹر پٹیالاہس منٛز نوکری۔ ییتھہٕ پاٹھۍ روٗد سون ساتھ برقرار۔

پٹیالا پیٹھہ گوو ڈاکٹر کول مسوری ڈیپوٹیشنس پیٹھ ستن ؤرین مگر اسہِ کھوٚو ینٕ رابطہٕ قائم رٮ۪تھ پأٹھۍ رۄد سون علمی تہٕ ذأتی رشتہٕ قائم۔ مسوری پیٹھہٕ آیہ کول صاب تھدِس عہدس پیٹھ میسور۔ اکِسے اِدارس منٛز روزِتھ سپدٕ سانہٕ ذأتی دوستی تہٕ علمی رأبطس منٛز مزید ہُرہ بر۔

## ۲، ڈاکٹر کول — اکھ عالم

کول صاب رۄد پرنس لیکھنس منٛز گوڈنیتھے سیٹھاہ سنجیدہ تہٕ سیٹھاہ ایماندار۔ پرنہٕ وِز چھُ نہٕ یہ بدل کُنہِ کُن تہِ ینٕ توجہ ڈالان۔ اَمِس چھُ پننہِ لِس مضمونس پیٹھ عبور حاصل۔ یہ گوٚن چھُ سیٹھاہ کم لۄکن حاصل آسان۔ اَمِہ شخصیژ ہُند یہ پہلو چھُ مزاقیہ پہلو نشہِ بلکل الگ۔ لسانیات، تألیمہ زبان، کأشر زبأنی تہٕ ادبس چھُ یہنٛد موللِ ذیُت۔ یِنزر چھُ یہ زِ ڈاکٹر کولس ہیوٚ عالِم میلُن چھُ سیٹھاہ مشکل۔ پننہِ ینٕ سأتھین تہٕ ماتحتن چھُ ڈاکٹر کول ترٛیتھے سنجیدگی سان رہبری کران یِژھِ سنجیدگی سان سُہ پننہِ پرُن لیکھُن کران اوس۔ کول صأبس چھُ پرُن لیکھُن گوڈٕ تہٕ بدل کینہہ پتہٕ۔ اَمِس سٟتۍ دوستی چھےٚ پٟزۍ پأٹھۍ خوش نصیبی ہُنٛز کتھ۔ پننہِ ین دوستن سٟتۍ اَمِہ سُنٛز خط کتابت چھےٚ امہِ کتھہِ ہُنٛد ثبوت زِ یہ چھُ نہٕ تکلفی منٛز یقین تھاوان تہٕ چھُ تمن سٟتۍ نزدیکی رأبطہٕ تھاوان۔

## ۳، ڈاکٹر کول — اکھ ناظم

یہ کہاوت زِ "شرس اگر نہٕ لۄر آسہِ شُر گژھہِ خراب" چھےٚ ڈاکٹر صأبنس مزاجس خلاف۔ یُوٚدوے ڈاکٹر صأب دفتری کامہِ منٛز کُنہِ تہِ ڈسپلنس خلاف چھُ مگر تِم چھِ پننین ماتحتن حوصلہ افزأیی کرِتھ کامہِ منٛز نٕہنٛز دلچسپی بڑاوان۔ پننین سأتھین سٟتۍ چھُ کول صأب تتھہٕ پأٹھۍ بے تکلفی تہٕ دوستانہٕ پأٹھۍ پیش یِوان زِ تِمن چھُ نہٕ پتہٕ وقتچ پٲبندی ہُنٛد کانٛہہ تہٕ خیال روزان بلکہ چھُ اَمِہ سُنٛز صحبژ ہُنٛد پوٗرٕ لطف تُلان۔ یہ ونُن چھُ نہٕ غلط زِ کول صأب چھُ سیٹھا قأبل ناظم تأیم پننہِ ینٕ مختلف پہلو وُنی چھُ ڈاکٹر کول لسانیات تہٕ کُس ادارس منٛز پننہِ اکھ الگ ہستی تھاوان۔ ●●

* ریڈر تہٕ رِسرچ آفیسر سی آئی آئی ایل میسور

## بقیہ ڈاکٹر شفیع شوق

چھُ کول صأبن کُنی نٔزی لیوکھمُت، کأشرس منٛز آلوکرنکو انداز۔ اتھ منٛز چھِ کأشرس منٛز رشتہٕ ناون ہنٛز تہٕ ورتاونہِ کرنہٕ آمژٕ۔

اومکار ناتھ کول صأبن چھِ ہتہٕ واد مضموٗن تہٕ نوشتہٕ کأشرس گرامرس تہٕ لسأنی انہارن متعلق لیکھۍ متۍ۔ مگر یِم سأری مضموٗن چھِ انگریزیس منٛز لیکھنہٕ آمتۍ۔ یُوٚدوے یِمو مضمونو تہٕ کتابو سٟتۍ کأشرِ زبأنۍ ہُنٛد ساختک مطالعہٕ وارِیہس حدس تام مکمل چھُ سپدمُت مگر یہ سارے کأم گژھہ کأشرس منٛز تہٕ پھِرنہٕ یِنۍ۔ مگر مسلہٕ چھُ اِصطلاح سازی ہُنٛد۔ ●●



ڈاکٹر شفیع شوق

# کأشرِس لِسانیاتس کول صأبُن دیُت

امکار ناتھ کول آو اوٗھم ڈہٲیِل شروع گرٕھنس ہٕنتی کأشرِس لسانیاتس منٛز بێیلہ تمیٚ کأشرِس ناوتی نقرس تہٕ کراوتی نفقرس متعلق پننیٚ مضموٗن لسانیاتی رسالن منٛز شایع کرناوی۔ یہ اوس سُہ زمانہ ییٚلہ یورپس منٛز ساختیاتی لسانیاتہٕ پتہٕ چامسکی یُن ٹرانسفارمیشنل جنریٹو گرامر تہٕ زھوکُن اوسُن ہیوٚتمُت۔ مگر بیارِ اوس کٔشیرِ کیاہ ڈُرس ہندوستانس منٛز تہٕ لسانیات ٲسی پیٚتہٕ یہ مغربی محقِقو زوٗرِمس ڈہلِس منٛز ترومُت اوس۔ کأشرِس لسانیاتس منٛز اوس اَلہٕ پلہٕ پانٛژ ترٛہن ؤریَن ہُنٛد زھین تکیاز یوٚرپی محقِقو اوس زوٗرِمس ڈہلس منٛزے پێنٛ دفتر وٚوٚڈمُت۔ ادمکا اِہن کولس بردنتھ کنہٕ آسہٕ وبڈٕ گریرسن، ایجوٲرتھ، برکھارڈٹ تہٕ لیچ بیتر گرامرِ دانن ہیٚنٛز اندوانتادِمٕژ کامہٕ یمن منٛز کأشرِس گرامرس تہٕ صوتیاتس تفصیلی، سام اُس ہینہٕ آمژ یورپین ہندِ یم زبردس کارنامہٕ آسی تمہٕ ساتہٕ یہٕ ڈُیزِ تہٕ گال کھاتس تراوٕنہٕ آمتی۔

گوڈٕ گوڈٕ یم مضموٗن ادمکار ناتھ کولن لیٚکھی تمن منٛز اوس جدید لِسانیاتہٕ کہن تصوٗراتن ہُنٛد وَرتاو کأشری جملہٕ تہٕ فقرِ وٕتھرھنادنس منٛز مِثالن تمیٚ ہیٚنٛز کتاب "لنگوِسٹک سٹیڈیز اِن کیشمری منٛز شأمِل سأری مضموٗن چھہٕ ٹرانسفارمیشنل گرامرن ہنٛدِ اندازہٕ لیکھنہٕ آمتی تہٕ مُدا چھُہ رُوٗدمُت غأر کأشرِن لُکن کأشرِ زبأنی ہنٛدی جملہ تہٕ جملہٕ فقرِ زانَنس منٛز مدد کرُن تہٕ کأشرِس منٛز جملہٕ سأزی ہنٛدِن دأخلی اصوٗلن ہُنٛد تحقیقی مطالعہٕ۔ یِم مضموٗن چھہٕ انگریزی زبأنی ہنٛدِن جدید گرامرن اندر لیکھنہٕ آمتی تہٕ جُملن ہنٛز کُلی شکلہٕ تہٕ چھےٚ عام ٹرانسفارمیشنل گرامرن ہنٛدِ طرزِ چھٕ تہٕ کرِتھ تہٕ چھےٚ یہ کتاب کأشر جملہٕ سأزی سمجنس منٛز سیٹھاہ مددگار تہٕ پننہِ طرزِچ گوڈنِچ کتاب۔

کول صأبن چھےٚ کأشرِ زبأنی ہنٛدِس پرتھ لِسأنی کنہٕ لِسأنی پاسس متعلق کأم کٔرمٕژ۔ ابتدأیی مضموٗنو پتہٕ دیُت تمیٚ کأشرِ زبأنی ہنٛدِن مخصوٗص انہارن تجزیأتی اندازہٕ سام ہینس کُن زوٗر توجہ۔ دنیاہکن مختلف مُلکن منٛز یِم موضوعأتی سیمنار سپدی تمن منٛز کٔرِ کول صأبن کأشرِ لسانیاتکن حدبند موضوعن پیٹھ مقالہٕ پیش یمن منٛز تِمن خصوٗصیژن ہنٛز وٕتھرھنے کرنہٕ آے

یِمہٕ کأشرِ زبأنی باقے زبانوٕ نِشہٕ بیوٚن تہٕ بدٕفُن چھےٚ بناوان۔ مگر ییٚمہ سٕتی آو تِمن خاصیتن کُن تہٕ پزٕنہٕ پأٹھۍ توجہ دنہٕ یِمہٕ آفأقی چھےٚ۔ یونیورسل گرامرٕکین اصوٗلن تہٕ طریقن ہُنٛد فایدٕ تُلتھ کوٚر کول صأبن کأشرِ زبأنۍ ہنٛزن بأریک نزاکژن ہُنٛد مطالعہٕ تہٕ کأشرِ لسانیات سپُد قأبلِ احترام حدس تام قأیم۔

کول صأبنۍ سأرۍ کأم چھےٚ انگریزیس منٛز۔ یِمہٕ کینٛہہ کأشرِن پرن والین اکھ بأری زان چھنہٕ، انگریزی یس منٛز کأشرۍ جملہٕ لیکھنہٕ باپتھ ورتاوٕ تِمہٕ چھےٚ پأٹھۍ انٹرنیشنل فونیٹک رسمِ خط یتھ پأٹھۍ تِمَس برونٛہہ شرٕح بی کاچرٕ دِین ہیٚنہٕ ہِن کتابن منٛز ورتاونہٕ اوس، حالانکہٕ یِہٕ چھہٕ یہٕ زأمِر رسمِ خطچ کینٛہہ علامژ چھیٚ نہٕ کأشرِن صداوِن ہُنٛد متبادِل۔ مثلن:

/؛10/ = /ۄ/ ، یٚیلہٕ زن کأشرِس منٛز /د/ ہنٛد آریاٲمی

زبانن ہنٛدِ /د/ نِشہٕ الگ چھُہ۔

/C/ = /ۄ/ ییٚلہٕ زن /ۄ/ اکھ ڈیتھانگ چھُہ۔

/i/ = /ر/ ییٚلہٕ زن کأشرِس منٛز /ے/ تالرن

ہیٚتھ چھُ یوان۔

/i/ = /ای/ ییٚلہٕ زن کأشرِس منٛز /ۓ/ تالرن

ہیٚتھ چھُ یوان۔

غأر کأشرِن ہِنٛدِ خأطرٕ لیٚچھ کول صأبن وارِیاہ نصأبی کتابہٕ مثلن "این انٹینسیو کورس اِن کشمیری"، "این انٹرمیڈیٹ کورس اِن کشمیری" تہٕ کشمیری: اے لرنرس مینول۔ حال حالے چھُ تِمۍ امریکہس منٛز مقیم کأشی دالی نہٕ اکھ واسہٕ کأشرِ زبأنۍ ہنٛد گرام ترتیب دیتمُت یتھ عنوان ــــ کشمیری: اے کاگنیٹو ڈسکرپٹِو گرامر چھُ۔ یہٕ چھُ روٗٹلِج کمپنی ہنٛدِ طرفہٕ شایع سپُدمُت۔

اومکار این کول صأب چھُ یِمہٕ رٕنٛگۍ خوش نصیب زِ کشیرِ نیبر روٗزتھ کینٛہہ رٕود تِمَس لسانیاتہٕ کِس شُعبس منٛز جدید محققن سٕتی وٕچھنُک موقہٕ تہٕ لسانیاتس متعلق قومی تہٕ عالمی سیمنارن تہٕ کانفرنسن منٛز شریک سپدنُک موقہٕ تہٕ میوٗلُس۔ تِمۍ ہٕندِ پرٕ قریب ترین سأتھین منٛز چھُ اِلنایے یونیورسٹی ہنٛد ذہین تہٕ نہایت سنجیدٕ محقق پیٹر ایڈوِن ہُک تہٕ — ییٚمِس سٕتی رٕلِتھ دِژ کول صأبن اکھ شاندار کتاب ترتیب یتھ عنوان چھُ "آسپیکٹس آف کشمیری لنگوسٹکس"۔ اتھ کتابہٕ منٛز چھِ کول صأبنۍ ترٛے مضموٗن شأمِل۔ گوڈنیُک مضموٗن چھُ تِمۍ رٕوتھ لیلے اشمہٕ سٕتی رٕلِتھ لیوٚکھمُت تہٕ اتھ منٛز چھےٚ کأشرِ زبأنۍ تہٕ دردی زبانن ہنٛدِس باہمی رشتس نوٕ اندازٕ سام ہیٚنہٕ آمٕژ۔ تِم چھِ یتھ نتیجس واتی متی زِ دردی زبانن منٛز چھہٕ شِناسوٕ زبان یتھ ۵۰ فیصدی لفظہٕ راش کأشرِس سٕتی چھُ رلان۔ دوٚیِم مقالہٕ چھُ کول صأبن پیٹر ایڈوِن ہُک نہٕ اشتراکہٕ لیوٚکھمُت تہٕ یہٕ چھُ نہایت احتیاطہٕ تہٕ بأریکی سان لیکھنہٕ آمُت۔ اتھ مضموٗنس منٛز چھےٚ کأشرِ کینٛہہ کراوِہن ہنٛدی دلچسپ پأس کأشرِ اونہٕ آمٕژ یعنی "ڈرایوٗڈ ٹریزرٕٹوٚ تہٕ کاز لوٚٹ"۔ پیٹر ایڈوِن ہُک نہٕ اشتراکہٕ چھُ اتھ منٛز کول صأبُن بیاکھ اہم مضموٗن شأمِل یعنی "پرٛونامِنل سفِکس اینڈ سپلٹ اِرگیٹوِٹی"۔ ژوٚرِم مقالہٕ

( باقی صفہٕ ۱۸ )

# کول صابنہٕ غٲر لسانی تخلیقہٕ ـ اکھ تعارف

یتھ کنہٕ متعلق آسن ہٕ زٕ رایہٕ زٕ ڈاکٹر ادمکار ناتھ کول چھہٕ بحیثیت زبان دان یا عالمِ لسانیات زانہٕ پرژھانہٕ یوان۔ امیُک وجہ چھُ یہ زِ تہندِ تخلیقو منٛز چھہٕ بیشتر زبانی خاصکر کأشرِ زبانی متعلق۔ تہندٕ تقریبن ۴۰ ہو چھاپ گامژ کیٛو چھپن وا جنو کتابو منٛز چھےٚ ترٛیو ژورو کتابو ورأے باقے سارے زبانی متعلقے یمہ بیشتر انگریزیس منٛز چھےٚ، کانہہ کانہہ چھےٚ ہندی یا پنجابس منٛز۔ یتھے کٕنٛز چھُ تہند لو کُل ۱۱۸ ہو تحقیقی مضمونو کیٛو پرچو منٛز صرف ۳۰ پرچہ چھہٕ ادبی نوٗعیتکی۔

کول صابنس غٲر لسانیاتی ادبس موکلاونٛ کرنہٕ برونٛہہ چھُ اَسہ احساس گژھان زِ أسی چھہٕ أکس عالمی سطحک ماہرٕ برونٛہہ کنہٕ کھڑا، یسند دیٚت ملکس منٛزے یوت نہٕ بلکہ ملکہ نیبر تہٕ تھپکہ ناونہٕ آمژ چھُ۔ تہندٕ کتابہٕ تہٕ تہندی مضمون چھہٕ امریکہ، روٗس، انگلینڈ و غٲر ملکن ہندین اعلیٰ پایہ اکادمی یونیورسٹین، نجی ادارن تہٕ اکاڈمین ہندین رسالن منٛز چھاپ گامتی۔ تم چھہٕ کتہٕ پھیر ملکہ نیبر کانفرنسن تہٕ بیٚین تقریبن پیٹھ تقریر کرنہٕ خاطرٕ بلاونہٕ آمتی۔ تمن چھُ عالمی شہرت دانین اُدیبن تہٕ ماہر لسانیاتن سٟتی برابر رابطہٕ۔ تمن چھہٕ وارِیاہ ملکی تہٕ غٲر ملکی اِنامہٕ تہٕ اعزاز دنہٕ آمتی تہٕ تم چھہٕ درجن بیٛیٹھ یونیورسٹین یا دیگر تعلیمی ادارن ہندی رکن تہٕ پینلس قابلیتس پیٹھ وأتی۔ تم کشمیر یونیورسٹیہ پیٹھہ ییتہٕ تموٕ ۱۹۶۳ ہس منٛز ایم (ہندی) کوٚر، آگرا یونیورسٹی، الی نائے یونیورسٹی امریکہ، سڈنی آسٹریلیا تہٕ ملکس منٛز کرٕکھ پٹیالہ، مسوری تہٕ میسورس منٛز تھدین عہدن پیٹھ کأم۔ مگر تم چھِنہٕ کھنہٕ نوکریہ حاصل کرنہٕ موکھہ یژھن جاین وأتی متی بلکہ پننہٕ لگاتارٕ تہٕ انتھک محنتہٕ سٟتی یوہ سہ تہنٛز بڈٕ تہٕ وسیع کأم وُچھتھ سمج چھہٕ یوان تہند تھزن جاین واتنک بیاکھ وجہ چھُ پننہٕ ماجہ زیٚوٕ کأشرِس سٟتی تہنٛد اژھیوٚن تولُق یُس تموٕ پننہٕ طبع زاد لیکھنہٕ تہٕ سوچن بلہ سٟتی مضبوط کھوٚتہٕ مضبوط بنوومُت چھُ۔

ظاہر چھُ زِ ادمکارجی ین بیشتر لیکھمُت چھُ کأشرِس متعلق۔ لسانیاتی مطالہٕ تہٕ چھُ تموٕ زیادٕ تر کأشرِ کے کوٚرمُت، غٲر لسانیاتی کأم تہٕ چھِ کأشرِس ادبس سٟتی داکھ تھوان۔

گوڈہ نیتھے تلِ تموٕ سہ موضوع یُس پتہٕ داریاہس کالس تمن بحیثیت اکھ سردکارس سٟتی رٔود، کأشرس بھکتی ادبس منٛز چھُ پرکاش رام کرٛی گامی سٕند راماین اکھ اہم تہٕ منفرد مقام تھاوان۔ یہ چھُ فارسی ہندِ مثنوی اسلوبک تہٕ شوٕد کأشرِ سِیلار یوانہٕ اکھ متوازن آمیزش پیش کران یتہٕ لحاظہٕ

چھُ یہِ ہندوستانٕۍ رام کتھایہِ پیٹھٕ مبنی۔ دراصل چھُ یہِ کاشُرس
شاعرُک خاصہٕ پزٕ یمہٕ چھُ اتھ فارسی سنسکرت اردوٗ یا ہندی پیٹھٕ
ضرور حاصل کران، یُس عالمہٕ راش چھُ یِمو زبانو پیٹھٕ ٹٲکھ
پیکھِتھ پراوان، اما پوز ہمٕتہٕ پھیرٕ وزِ چھِ تتھ یِنہٕ تکن یا یہِ
سیٚتی کاشُر رۆپ دِوان۔ کینہٕ دورس منز مثلن مثنوی تہٕ
جنگ نامن ہندس دورس منز سپد یہِ عمل ہنا تیز۔ یمن تیزی
منز کرنہٕ آمٕژ کامہٕ چھِ عمومن آمہٕ رٲزان۔ تہٕ تی گو د۔ یُتھ زٕ
یمہٕ مثنوی پرٕتھ چھُ باصنے باسان زِ یمہٕ چھِنہٕ اصلک کمزور ترجمہ۔
مگر عقیدتی (بکھتی) ادبس اَسہٕ جلدی۔ شاعر اوس یمہٕ
کِنہٕ شانتہٕ، تمی دیُت نہٕ زِنہٕ باس زِ یہِ ما چھُ تمی پانہٕ اوٚنمُت
کاشُر رام کتھا یا کرشن کتھا ادب چھِنہٕ کنہٕ وزِ باس دِوان زِ یہِ
کیاہ چھُ ہینٛدرِ یُک کانٛہہ شاہکار کاشرس اندر توٚرمُت۔ بلکہ
چھُ یہِ ہندو دھارمِک رِوایتُک گون تہٕ زِ سو یمیکہ تخلیقی تہٕ تخیلی
دریاوس تاب اَنِتھ۔ کینہٕ اندٕ کانٛہہ اعتراض وو تھنک خطر چھُس نہٕ۔
اَوے موکھ چھُ رامائنک خالق پرکاش رام تہٕ یہِ ہردلعزیز کتھ
کاشراوان۔ کردارن ہُند مزاز چھُ کاشُر بنان تہندِ لوٚ و باش
بھیرن تھوٚ رن یہِ سورُے چھُ کاشرِ ن گامن، داں ڈلن، آبہٕ
جوین تہٕ شینہٕ بالن نِش ڈیکھ سپدان۔ ڈاکٹر اومکار کول چھُ
۱۹۶۳ء پیٹھٕ کشیرِ نیبر روٗدی متی مگر کاشرِ مقام و ماحولکی
ژٕکی چھِکھ دۄرٕ رٕ کن چھُو کن شہار وات ناوان۔ تم چھِ
پرکاش رامس تہٕ ہندی کین رام کتھا شاعرن یمن منز مشہور شاعر
تلسی داس تہٕ شامل چھُ تقوبلی مطالعہ کرِتھ یمن ہندِ ہشر تہٕ بن ہاوِتھ
دِوان۔ "کشمیری اور ہندی رام کتھا کاویہ (شاعری) کا تلناتمک
(تقوبلی) ادھیین (مقالہ)" اَمہٕ ہیٚشر گوڈنیچ ترژٕ کام یِمیک

اتھ یمن پیٹھ ہو ر تام حاوی روٗد۔

کول صاحبنس ذاتہٕ وۄترس (بابیو ڈاٹا) ہیس نظر تراوِتھ چھُ
یہِ کنہٕ سون توجہ یکدم پانس کن پھیران زِ تہنز کم از کم اکھ درجن
کتابہٕ کیو مضمون چھِ رام کتھا شاعری ہندِس کینہٕ نہٕ کینہٕ پہلوہس
متعلق۔ رامائنہٕ کین کردارن، واقعاتن، زبٲنی تہٕ بٲتہٕ شاعری
جُزیاتن پیٹھ یمو یہِ لیوکھمُت چھُ تہٕ چھُ وقتہٕ وقتہٕ مختلف رسالن،
مجموعن تہٕ کتابن منز شایع گومُت۔ یتھ موختصر جایزس منز ہیکو
اَسی مشکلن تمن موضوعن یا عنوانن پیٹھ دکھ یمن پیٹھ تمو لیوکھمُت
چھُ، تہنز انفرادی مولانکون ہیکو نہٕ کرِتھ۔ کردارن متعلق
تہندین مضمونن ہندی کینہٕ موضوع چھِ —— (ترجمہ)۔ کاشرس
رامائنس منز سیتا، ہنومان، کوشلیا، لکشمن، کیکیی تہٕ رام۔
یمن منز چھُ یمن کردارن ہُند ارتقاہ، کردارنگاری تہٕ بٲتہٕ زبانن
(بالخصوص ہندی) منز یہندین کردارن سیٚتی اَتھ ہُند ہشر تہٕ بینر۔
اَمہٕ علاوہ چھُ کاشرس رامائنس منز منظرنگاری تہٕ کاشر رام کتھایہ
ہُند دنت کتھاۓ پہلو تہٕ وتر ہناو نہٕ آمتی۔

مگر رام کتھایہٕ تجزیہ کرِتھ چھِنہٕ کول صاحب تھکھ دِوان بلکہ
چھِ ہیوٚرس متعلق اکھ یادگاری گرنتھ یُس الہ آبادٕ پیٹھ بھاشا شلم
ناوٕکی ادارن ۱۹۸۸ء یس منز ہندی زبٲنی اندر شایع تہٕ جاری کوٚر
تیار کوٚرمُت۔ للِ دیدِ متعلق اکھ مدلل مضمون ۱۹۶۵ء یس منز لیوکھمُت
پریم چندنس ضمنس منز کاشرِ تہٕ پنجٲبی ادیبن ہُند لیکھت کھوچہٕ
کھورمُت (۱۹۸۳)۔ کاشرِ ادبہٕ کین مثلن چھُ کول صاب پننہٕ
انمانہٕ سام ہیوان۔ کاشرس تنقیدس پیٹھ چھُ تمو اکھ معیاری
لیکھ لیوکھمُت یُس ہندی نقاد گلاب راے سندس یادگاری
گرنتھس منز شامل چھُ (۱۹۶۹)۔ کاشرس منز تہٕ کاشرِ پیٹھ

ترجمہٕ کیٚن مثلن پیٚٹھ چھہٕ تہٕنٛز کٲم سیٹھاہ اہم تکیاز انتھ اندر چھہٕ تِمو ماہرِ زبان آسنکہٕ لحاظہٕ وٕنٛژھنے کہٕ مٕژ علمِ ترجمہٕ وٕنٛژ رٕٹناوٕنہٕ تہٕ کاشرِ ترجمہٕ کِس ضمنس منٛز ترجمہٕ کیٚن لسانیاتی اصولن سام ہیٚنٛنہٕ علاوٕ چھہٕ اوم کارناتھ کوٚلن پانہٕ تہٕ کیٚنٛہہ نفیس ترجمہٕ کٔرؠ متۍ یِمن منٛز کاشرِ افسانن ہنٛز اکھ سوٚمبرن "کشمیری کہانیاں" ناوٕ ہندی زبٲنؠ منٛز ۱۹۹۲ءس منٛز دِلہِ اندر چھاپ گٲمٕژ چھےٚ۔ تِمو چھہٕ کیٚنٛژن کتابن نفیس تبصرٕ کٔرؠ متۍ یِمن منٛز محمد زمان آزردہ ہنٛز کاشرِ کتاب "اپسے"، چمن سپرو سٕنٛز ہندی کتاب "دینا ناتھ نادم"، بدری ناتھ پارمو سٕنٛز انگریزی کتاب (لل دیدٕ ہنٛز شاعری تہٕ فلسفہٕ متعلق) "ایسنٹ آف دی سیلف" ایم جے اکبر سٕنٛز "کشمیر بیانڈ دِ ویلی" وغارٕ چھہٕ۔

کوٗل صاب چھہٕ کاشرِ انگریزی تہٕ ہندی علاوٕ پنجابس اندر تہٕ لیکھان۔ پنجٲبی لسانیاتس پیٚٹھ چھہٕ تہٕنٛز کتابہٕ پنجٲبی پاٹھو تہٕ چھپیمٕژ۔ مگر اَمہٕ علاوٕ چھہٕ تِمو پریم چند سٕنٛز تہٕ اوٗرِ زبٲنؠ ہنٛز اکھ اکھ کتاب پنجٲبس منٛز ترجمہٕ کٔرمٕژ۔

اوم کار کوٗل چھہٕ کاشرِ افسانہٕ نگار۔ گوکہ یِہنٛد کانٛہہ کاشر افسانہٕ مجموعہ چھُنہٕ وُنہٕ شایع گومُت مگر کیٚنٛہہ افسانہٕ چھہٕ بیٚون بیٚون رسالن کیٚتھ کتابن منٛز مولہٕ کاشرس منٛز یا ہندی ترجمس منٛز چھپیمٕتۍ۔ ستمبر ۱۹۹۶ءس منٛز سپدُ سینٹرل انسٹی چیوٹ آف انڈین لینگویجز میسورس منٛز کاشرِ ناشرِ افسانن (یا شرِ ہندِ بابتھ افسانن) پیٚٹھ اکھ ورکشاپ یمیہٕ کنہِ دِہن بہن افسانہٕ نگارن ہندی افسانہٕ بارسس آیہٕ تہٕ کوٗل صٲبنے وساطتہٕ کنہِ سپدی تِم شایع تہٕ۔

کوٗل صاب چھہٕ تھکھ دِنہٕ ورلے کٲم کران تہٕ کاشرس ادبس کیتھ زبانہِ بے لوث خدمتھ کران تِمشیٚک اکھ موٗخصر ذِکر کرنُک مقصد یہ چھُ زِ جوان اُدیب تہٕ مُعلم تراوان سہل انگٲرؠ ہنٛز وتھ تہٕ محنتہٕ سان لاگن کٲم کرنٕ۔ ••

## بقیہ آر کے بھارتی

جہازس منٛز سفر کرن وول، ووم جی چھہٕ جوٚمس منٛز اوور لوڈس منٛز میٹاڈارس تہٕ کھسان تہٕ عام مُسافر لبسہٕ منٛز سَفر تہٕ کران تہٕ ییٚنٛ لوٗکٹ موٗکُٹ سامانہٕ پانے تُلان۔ اکھ خاص کتھ یوٗسہٕ اَمس مُتلق اَمہِ سٕنٛد رشتہٕ دار وَنان چھہٕ کہِ اگر کانٛہہ غریب کھوتہٕ غریب تہٕ ووم جی لُس زآنی آسہٕ تہٕ یہِ چھُ تِمس تہٕ مُحبتہٕ سان نالہٕ متہٕ رٹان تہٕ کھُلہٕ دِلہٕ کتھاہ باتھاہ کران۔ اَمس چھُنہٕ ییٚنہٕ نہٕ لوٚڈ آسنک نشہٕ زانہٕ کھوٚتمُت اَمس چھہٕ بینیہٕ ترٛور بآے تہٕ اکھ بینہٕ۔ زٕنٛژھس بآیس چھہٕ ناو سوم ناتھ، بیٚیس چھُ ناو روپ کرشن بٹ (یُس یمو منگتہٕ چھُ دتیمُت) بٲیہ کھ لوٚے چھُس A.G.OFFICE منٛز نوکری کران۔

لوٚہ گامس منٛز اوس یمن زمین وزراعت واریاہ مہٕ باغ تہٕ اوشکھ تہٕ وان تہٕ، مگر یِم مکانہٕ آیہٕ کٔشیر ہندس تباہ کُن ملٹنسی دورس منٛز نارٕ برٛزی کرنہٕ۔ وٕنہٕ چھُ یوان زِ یہنٛد مکانہٕ دٕہ دستن دہن یمیک نارِ آرُک تام بوزنہٕ یوان اوس۔ تہٕ کنیا زِ یمو سارِوے بارہٕ نو آسر الگ الگ مکانہٕ تہٕ بناوی متۍ یِم ساری نارٕ برٛزی گیہٕ۔ ووم جی لُس چھہٕ زِ نیچو یِم زیرِ تعلیم چھہٕ تِم چھہٕ لگ بگ ۲۰ تہٕ ۲۲ وُہرِ کٕ۔ ••

★نیوز ایڈیٹر تہٕ سپیشل کارسپانڈنٹ آف "نارتھ لائینز"، جوم۔

ڈاکٹر روتھ شمٹ*

# اُمکار ناتھ کول ۔ میأنہ ہم مُصنِف

از برونٹھ اراوہ وُری گرم موسمکہ اکہ دوہ ہیہ سپدیہ میأنہ لن مُلاقات ڈاکٹر اومکار کولس سیتی ۔ یم اَسہ تمن دوہن پٹیالس منز نارتھ ایسٹرن ریجنل لینگویجز سینٹرکی پرنسپل ، یہ اَسس تمن نش پٹیالہ آمٕتۍ کٔشیر منٛزان دردی زبانن ہنٛدس سیتی واُبس خاصکر کأشرِ تہٕ شینا زبانن ہنٛدس تقابلی پروجیکٹس پیٹھ کأم کرنہٕ باپتھ ، یہ پروجیکٹ اوس اکہ وُری ہُنٛد ۔

یہ گوو ڈینیک مُلاقات رٔود سیٹھا اہم ۔ یموٚ تہٕ میأنس اکھ لسانیأتی پروجیکٹس منز سیٹھا دلچسپی ہیوٚ گٕنی یہ دوہ میدنہ میأنس اکہ پروجیکٹس منز کرن یم میون اکھ رٔوسٹ میأنی دوہ میدر روزبر قرار ، یموٚ دیتمہ پوٚرۍ پوٚرۍ مدد ۔

مے اوس پتہٕ تمہٕ وِزِ اومکار جی نن ڈوکین ریسرچ پروجیکٹن پیٹھ مے سیتی ہم مُصنِف زنٛگیہٕ دلچسپی ، امیُک نتیجہ دراو زِ اَسہِ لیچھ کتابہٕ ، اکھ اَس کأشرِ زبأنی سیتی واُبس سماجی لسانیأتی سردے یوس زن کأشرِ زبأنی ہنٛدِس استعمالس متعلق اَس تہٕ بیاکھ کتاب اَس کأشرِ تہٕ باقی دردی زبانن متعلق سارِنے لسانیأتی کامن ہنٛز اکھ ببلیوگرافی ، یتھ منز یمن کامن ہنٛز تحقیقی سام چھےٚ ہینہٕ آمٕژ ۔

اَسہِ لیکھو کأشرِ زبانہٕ متعلق کینہہ ریسرچ مقالہ تہٕ یم چھپیہ ۔

اومکار جی ین دیتمے صلاح میأنی پی ایچ ڈی تھیسز چھاپنہٕ خأطرٕ تہٕ ، یوٚہو ہاۓ کاہ وُری برونٹھ آمٕتۍ لیچھمٕژ ۔ یموٚ ژھوٚنڈ اَمہِ خأطرٕ اکھ پبلشر تہٕ ، پبلشر ژھانڈن اوس نہٕ بہٕ ہنٛد خأطرٕ مُشکل ۔

بیتہٕ ریسرچ پروجیکٹہٕ علاوٕ روزٕس یہ بلہٕ کامن منز سیٹھاہ آدٕر ، یہ روٗزٕس دوہ رات کأم کران ، یہ ہندس مشورن پیٹھ گٔیس یہ سینٹرل انسٹیچیوٹ آف انڈین لینگویجز میسور تہٕ اَکِس ورکشاپس منز حصہ نِنہٕ ۔ اتھ ورکشاپس منز کوٚر مے شینا زبأنی متعلق اکھ ریسرچ مضموٗن تیار تہٕ یہ چھپیوو ۔

اومکار جی ہے کٔر وارِیاہ شِکایتھ زِ تو ہیہ دِژ دِنہٕ مے دم دِنس تہٕ فرصتھ ۔ یہ تھاوٕتہٕ وارِیاہن کامن منز مشغول مگر مے کیاہ اَس تمہٕ وِزِ پتاہ زِ میأنی تھیسز یوس دکنی اردوس پیٹھ اَس چھپنہٕ سیتی میہا مے اردو پرناونہٕ خأطرٕ اکھ موقعہ لیُس مے یونیورسٹی آف اوسلو منز میوٗل ۔

یہ چھس پتہٕ لنس ہم مُصنِف اومکار کولنٛ دِلہٕ کنۍ شُکر گزار ۔

* ڈپارٹمینٹ آف ایسٹ یوروپین اینڈ اورینٹل سٹڈیز یونیورسٹی آف اوسلو ، پی او بکس ۱۰۳۰ ، بلنڈرن این ۔ ۰۳۱۵ ، اوسلو ناروے

محمد یوسف ٹینگ

# پروفیسر کولنی ڈِکشنری — اکھ سرسری نظر

کشیر ہِند دولت مند لکہ ادبک اِحساس سپدُ گوہ ژ یورپ پیٹھہ آمتین تہذیب شناسن یمن منز آرل سٹاین، جان ہنٹن نولز، گریرسن، لارنس تہ بیٚیہ داریاہ آیہ تہ لگی یمن کُن نظرِ تِہنزِ ژ آرِ کرنہ، سُہ چھُ اکھ الگ تہ بوٚڈ بحث۔

ہرگاہ کاشُرِ لوٗکہ ادب شناسو مثلاً حاجنی، کامل کاری، سادھو بیتر اکھ زانکاری بیٚیہ ہِن سنزِ دیت مگر کلچرل اکادمی یِمہ آیہ کرنہ کرنجلہ بہ آبِ حیات سوٗنبرود تہ کھاسین بوٚرُسہ چھُ کاشُرِ لکہ ادبکس تواریخس منز اکھ بالہ ژھین۔ اَمی کنی سپدُ یہ ممکن زِ سانیٚن معزز کاشُری عالمن اُنکھ بیٚیہ نزاکتہ سان زول، یم کینژن ہندُستانی تہ غار ملکی یونیورسٹین تہ ادارن منز کام کرانِ روٗدی۔ یمن ماہرن منز چھُ پروفیسر اداین کول اکھ اہم حیثیت تھاوان، پٹیالہ منز یِوٚہ کاشُر زنگہ زۆر تمو روشن کُر تمی دیت کم از کم کشیر نیبرِ ہِن عالمن تہ ماہرن کاشرِ ادبچ نوژھِ تہ تیمبر ہِندِ زبرپ، تموکرِ کاشرِن نوجوانن ہنز اکھ بڈ جماتھ تحقیق تہ تلاشس چیوبیٹر لوِ ہِستی آراستہ تہ تِہنزِ تربیت چھے از تہ کاشرس ادبس منز داریاہن وِہن تہ زنگن منز زدنان۔

کول صابنس ساڑے کارنامس نظر ترادنی چھِ اکھ فرصت طلب تہ کنہ حدس تام وقت طلب مشق، توٚے چھس بہ کینہ تاثرات بادنہ خاطرِ تِہنزِ کتابہ DICTIONARY OF KASHMIRI PROVERBS ہِندِ انتخاب کران۔

اَمِیُک اکھ باب ییتھ (ل) آواز ستی ڈُسلابہ چھُ سپدان، چھُ میانہ یِمہ مضموٗنکُ گوڈنیُک باب۔

لکہ ادب چھُ پننہِ خاصیتہ ژٔ ڈُلوم تہ پیشل آسان۔ بے شمار لکہ ذہنن تہ دہنن ہِندِ کھیہر داد چھُ اکھ دار دار تیز راوان تہ نمنتی پرٚز لاداران۔ امینا... پیوٚہ ہرس آسان تہ اتھ اکہ شنکیشچ ہش زیرِ صورت عطا کران۔ اکھ چھُ رعایتِ لفظی بعضے وزن، بعضے زبانی ہِندِ نیرل تلہ تراد بیتر آیہ تن آسان تہ لیس نہ ماہریمن کنتن ہِندِ سرن شعور ستی تھاوِ تس چھُ کھونِد لگان تہ بعضے سرونٹے دب تہ۔ بٚیِیہ چھُ بعضے لکہ زلون ہِندِس CONVEYOR BELTS پیٹھ پیٹھ کینژن ڈُپیتن، محاورن، مثالن بیتر ہِند سٹڈول ہِن گہہ یوان تہ اکھ چھُ مل تہ میٹر رلہ گردھانی صاحبِ نظر ماہر سُند آزمائش چھُ زِ سُہ کرِ اکھ ژھ تہ امیُک اصل نُند بانہِر کڈنوٚن۔

یہ چھِ خوشی ہنٛز کتھ زِ کوٗل صٲبن یتھ ڈکشنری منٛز چھِ
داریاتن ڈٕپتھن منٛز یہ کسب تہٕ ول ووہ ستادی سان
ورتاونہٕ آمت۔ مگر کیٛنٛژن جاین چھِ تمن رکنہٕ تہٕ گُمرٲہ
کھنٛد ژٕ ترٕ لگٕمتۍ۔ شاید امیک اکھ وجہ چھِ تہندِ بیٛنہٕ
دِلنہٕ لنشہٕ زیادٕ یہن دٕ ذرے روزُن۔ یہ چھِ یتھنٛز کامہ
ہنٛز مجبوٗری۔ مگر دوہ ڈِنچہٕ زبٲنۍ ہنٛدِ کھٕرٕ تہٕ نشہٕ الا...
تہٕ امہ کہ اکیسجن نشہٕ محرومی سمتی گیہ۔ یُتھ ہیٛوٕ تہٕ تن ناممکن
البتہ اَسہٕ کھٕیہٕ زنشٲز بیٛتتن ییٛن سوان ظوٗن واتتھ ییہ
اُتی زٕ زٕ زنٲ پرٛدن ژارٕ کھ ییٛدن بیٛدن، یُتھ نہٕ یمن ہنٛد
ووٕ کھ بدلہ۔ فی توٗن ییمہٕ کنا۔ ہندِ س صفحہ ١٦ اہس پیٛٹھ
لیوٗکھمت ڈٕپیٛتھ " آنٕہ کران نیٛتھٕر تہٕ پرٕ زوٗن نہٕ مانان"
اکھ چھُ ییمہٕ کنا۔ ہندِ دستوٗرٕ مطابق کوٗل صٲبن لفظی تہٕ
مجازی) دوشوے۔ یمنہٕ ترٕ ژٕمنۍ معنی چھِ بلکل ٹھیک۔ مگر
ڈٕپتھ زبان پیٛٹھ پانے ونان زِ یہ پیٛدِ کاژٕ تہٕ موٗنٛڈ۔ اکھ
چیٛنٛنہٕ تمہٕ تیز کرتلہٕ دارٕ ہیٛش نٕز اسیت لوٗسہٕ دلس تہٕ کھ
کرٛژنان تہٕ یاد ڈٕترس امنٛز لوحِ محفوظس پٲٹھۍ لیکھنہٕ
یوان۔ رٕ یٕکھ پانہٕ تہٕ یہ ڈٕپیٛتھ بدل آیہٕ لوٗزمت مگر اپٕچ
زبان تہٕ چِکٕ پانے مِنہٕ پان مانہٕ راوان۔

"گرٕ زوٗن کران نیٛتھٕر تہٕ پرٕ زوٗن نہٕ مانان"

سانیٛن ترٕ ذکرٕ زٕ پاسہٕ کیا چھُ تہٕ کھوٗٹ کیاہ۔ امہ کھوتہٕ سنگین
غلطی چھِ تمہٕ وِزٕ کرنہٕ آمٕژ ییمہٕ وِزٕ نہٕ ڈٕپتیک اصل لفظ فکرٕ
توٗرمت چھُ، یا یُس ہناہ دٲم نسخہٕ آسنہٕ کنۍ فاضل ترتیب
کارس چھُنہٕ ژلے دیوٗد۔ امہٕ سنتی چھُنہٕ ڈٕپتیک سوٗرے معنی
ڈُبہٕ بچیوٗرمت بلکہ چھُ یہ باقاعدٕ ساخت گری منٛز تہٕ لوان

بیُس نہٕ کُنہٕ قاعدٕ ییٛز دُرست یا زبر ییہ مانُنہٕ، ڈٕپیٛتھ چھُ۔
اڈٕ پوٗ کتھیوٗ چینہٕ، اڈٕ پوٗ کھیوٗ ٹاکہٕ

امیُک لفظی بانس چھُ بلکل ٹھیک مگر کوٗل صٲبنہٕ
انگریزی ترجمُک کاشُر ترجمہ چھُ:

"اڈٕ پوٗ کھیٛیوٗ چینہٕ ویٛن بانن تہٕ بیکہ نٕصفن کھیوٗو
کترٕ ویٛن کھالین منٛز"

یہ چھُ سراسر غلط، کیٛوٗ ڈٕپیٛتھ کاشرِ یک اکھ حُسن یہ زِ اوٚڈ گوٚوٕ نہٕ
ہروزٕ پوٗرٕ نٕصف۔ یہ گوٚو کُنہٕ وِزٕ انگریزی پٲٹھۍ SOME
یا اردو پٲٹھۍ "کچھ"۔ اکھ پوٗرٕ نٕصفُچ لتر لاگنۍ چھُ لگہٕ مزاجس
تہٕ خلاف تکیاز یتھین حالتن تہٕ صوٗرتن منٛز چھُنہٕ کانٛہہ
کھینہٕ والین اوٚنگجہٕ گرٕ ند کران بلکہ چھُ اکھ سٹی پٲٹھۍ اندازٕ
ہیٛوٕ کران۔

دوٚیم غلطی چھِ بلکل نیچ تہٕ دریٛنٹھ۔ شاید چھُ کوٗل صٲبس
اپوٗر گرٕ ژھتھ مُشتبہ گوٚمت زِ "چینۍ" چھُنہٕ کاشری پٲٹھۍ
چینہٕ ویٛن بانن ونان۔ یہ چھِ صاف صاف کترٕ وٕ بجہ تھالہٕ
ونان۔ ڈُنہٕ تہٕ چھُ ہندِ س منٛز "چینہٕ ژال" ییمہٕ یتھکو
ژال پیٛٹھ کترٕ وٕ چینہٕ تھٕران تہٕ پیان آسی۔ ... توٗن
ہندِ س مصرعس منٛز تہٕ چھُ اکھ یوہے مفہوٗم عٔ۔

"چھُماچینہٕ سرپوٗش"

ڈکشنری منٛز چھِ ڈٕپیٛتن تہٕ محاورن منٛز ویٛوٕد تہٕ چالہٕ وِنۍ
شکل واریاہ لٹہٕ وُکراونہٕ آمٕژ تہٕ امہ کنۍ چھُ یم عام لوٗکن
ہنٛدِ خاطرٕ ووکھتی نیٛمتی، مثلاً:

"اے نشیمہٕ مورہ پسند"

یہ زٕ یپ چھُنہٕ صحی تہٕ نہٕ ورتاو پاسہٕ، اَسی چھِ ونان زِ

کٲشُر یُتھ موٗرِ پرست تہٕ والٹر لارینسن چھہٕ اکھ بیٚیہ ہیٚن نٲنتھ کھاحمژ۔ بہر حال موٗرِ پسند گژھنہٕ ہٕنز نہٕ وُنان تہٕ نہٕ چھہٕ مفہوٗمہٕ کنہِ لوٗبہ ڈُن۔ اکھ چھہٕ باھناٲبطہٕ اکھ کراہت یُس نہٕ لکہٕ مزاژس ویہ دنی چھہٕ آسان۔ اکھ چھُہ اکھ معنی کوٗل صاٲبن دِیتمُت "مودہٕ متین مہٕ ڈنیوٗ زٕہنی بادرد" میٲنہٕ خیالہٕ چھُ یتہِ اصل خیالہٕ نشہٕ دوٗر تہٕ معنی کرن والیٚ پٔژز زور اداٰ آری۔

صفحہٕ ۱۰ ہس پیٹھ چھُہ اکھ ڈپیتھ یہ لیکھنہٕ آمت۔

"اجہٕ اُچھ گاشس آسُن"

تہٕ معنی چھُس دِیتمُت۔ نہٕ صِرف اُچھ گاش آسُن۔ بس اکے ینچوٗ آسُن۔

مےٚ چھُنہٕ اَمہِ آبہٕ لوٗزمُت۔ اکھ چھہٕ اصل یاٹھ "انہٕ (یا اٰہن) اُچھ گاشس آسُن۔ اَجہٕ اُچھ گاش آسُن چھُنہٕ وِژرُن تہٕ توٚرے ہیٚکہٕ نہٕ اکھ لکہٕ گاٹہٕ جار چلِن دِتھ۔

صفحہ نمبر ۱٦ ہس پیٹھ چھُ اکھ ڈپیتھ ییمہِ آیہ لیکھنہٕ آمت:

"اُمس گرژھہِ پھُلے آسنی، ادہ گےٚ پھُلے وچھنی"

ترجمہ چھُس یہ دِنہٕ آمُت: کانٛسہٕ گرژھہِ گوڈٕ پنُن اُمس پھوٗلُن ادہ گرژھہِ سُہ پوٗشہٕ پھُلے وچھنہٕ گژھُن"۔

میانہٕ خیالہٕ چھُ یہ جسمانی حقیقژ تہٕ لکہٕ گاٹہٕ جارس خلاف۔ یہ چھُیتہٕ ہیتھ یاٹھ رٲیج۔ اُمس پھوٗلُن گوڈٕ کاشرس منز اُمس دوٗد کرُن۔ پھوٗلُن (بیماری) نیرنی بیتر۔ یہ کتہٕ گوڈٕ کانہہ خوٗشی ہنٛد مقام۔ البتہ اکھ چھُ اصل پھوٗر یہ:

"دِلس گرژھہِ پھُلے آسنی، ادہ گےٚ پھُلے وچھنی"

یتھے ہیوٗ بیاکھ ڈپیتھ چھُ:

"دلکی باغ نے پھوٗلن، ڈلکی باغ کیا کرن"۔

صفحہ ۷ پیٹھ چھُ یہ ڈپیتھ:

"اکہِ وقتہٕ ژرانہٕ کژٕ تہٕ بیٚیہِ وقتہٕ پرانہٕ دِل"

ژرانس چھُ دوشونی شاین GARLIC ترجمہ کرنہٕ آمُت۔ GARLIC گوو کاشرِ رُہُن۔ اکھ تہٕ پرانس چھہٕ کتہٕ کور فرق۔ کوٗل صاٲبس ہوس کاشرس تہٕ انگریزی دانس پزِ ہے اتہٕ پرانسے ترجمہ کرُن تہٕ ہرگاہ نہٕ یہ اُکس دوٚن لفظن منز ممکن اوس اکھ حاشیس منز وضاحت کرنی۔

صفحہ ۷ پیٹھ چھُ بیاکھ ڈپیتھ:

"اکھ اسُن گوماد (مدہ ؟) دسُن بیاکھ اسُن گوکھرس کھسُن"

اتھ چھُ ترجمہ کرنہٕ آمُت: اکہِ قسمک اسُن چھُ اکہِ تھدہِ گرِ پیٹھہ لوٚن دسُن تہٕ بیاکھ کھرس سوار سپدُن۔

خبر یہ کتہٕ اوٚن کوٗل صاٲبن زٕٹھ ؟ مادہٕ چھنہٕ کاشرِ یاٹھی گرِس ونان، مونث گُر (گھوڑی)۔ خاطر چھہٕ اُسی ماٚدیان ضروٗر ونان۔ مگر اُمیک یوٗت زٕھو چھہٕ چھُنہٕ مےٚ نظر گومُت۔ کینہٕ نےٚ تہٕ کوٗل صاٲبس پزِ ہے اتھ وضاحت ہتش کرِنی۔ نتہٕ چھہٕ اُسی "مادہٕ"، صرف "مونث"، کس صوٗرتس منز ورتاوان یوٚس گرُ، گیپن اُنتھےٚ رٕوٗسی کٹ بیتر ہیٚکہِ اُستھ۔ مقبوٗل کرالہٕ واٰری چھہٕ "آہوے مادہ" ترکیب "گلیرز"، منز ورتاونہٕ۔

صفحہ ۹ پیٹھ چھُ اکھ ڈپیتھ یُس مےٚ غلط پاٹھس منز چھُ۔ خبر کوٗل صاٲبن کیازِ چھہٕ غلطی کرنہٕ علاوہ عام ورتاوس ییٚتھی ہوٗی دوکھ ڈوکھ ترانیٚ متی۔

"اکھ گومت ییرِ تہٕ بیٚیہ منگان ٹنگ"

اتھ ہے پروف بتھر راہ تھاوِتھ ہیو ترجمس منز چھُ کول صابن تُہ ونتُس پیٹھ لیوٗل پھُٹر وومُت :

آبس بھیٚن ودل انسان چھُ وِیرِ کِیہ ٹنگ منگان۔

یہ چھُ ہر لحاظہ غلط۔ عام عتملہ کِنہِ تہ ڈیپتھ کہ اندرونی آہنگ کِنہِ تہ "بیبر"، تہ "وِیرِ"، لفظن چھُنہ ہیو وزنے، "وِیرِ" چھُ لوکٹ یِ تہ "بیبر" چھُ بوڈ۔ یہ چھُ تہ آسُن گژھِ

—— اکھاہ گومُت ہیبر۔ وِیرِ منگان ٹنگ"

یہ ہیبر گِے سوے یوہ سہ کلہ ہیبر سنتی چھُ۔ تہ امُیک مطلب گوو کلہ کھاہبر۔ اتھ تہ چھُ وِیرِ ہندی پاٹھی لوکٹ یِ۔ ترجمہ گژھِ ہیس یہ "اکھاہ چھُ دِماغہ ڈولمُت تہ (توے) وِیرِ کِیہ ٹنگ منگان"۔

یتھہ کُنہِ چھُ یہ پننہ خارجی FORM علاوہ کِنہ کارِ جارِ کِنہِ تہ پوٗرِ حیثیت تہ درُست۔

اکھ صفحس پیٹھ چھُ یہ نام نہاد ڈیپتھ تہ۔

"اکھ زنان چھِ دولت تہ بیاکھ ذِلت"

ممکن چھُ یہ آسہِ میانٛی کوتاہی مگر مے چھُنہ یہ بوزمُت زاہ۔ ویسے تہ چھُ اتھ منز لفظ "زنان"، فضول۔ یہ چھُ اکھ تیتھ پزر یتھ منز زنانہ مرد دوٚشوے ہیکن آستھ۔ دوٚیم چھُ اکھ ہیو دُپ تہ ہیوٚکھ STATEMENT بیان۔ تیتھ ڈیپتھ خاصیت چھِ امُیک لہجہ ٹاس آسان۔ یُس نیران نیران یہ لایان چھُ تہ عبارژ ہند ہوکھر تہ چھوٚہ نر اکہ رنگدار تہ تتھ تھاون والہ لر بھرنہ سنتی دور کران چھُ۔ یہ ڈیپتھ چھُ مے بناوٹی تہ مصنوعی باسان۔

یتھے پاٹھی چھُ یہ مقبولِ عام ڈیپتھ تہ ٹلی پننہ اصلہ نِشہ ڈالنہ آمُت۔

"اسلام آباد کھیٚبہ ووٚنٹن کپس، ورلہ ژٹھ دونس نس"،

اتھ چھُ صحیح نہ لگہ ساٚوی اِظہار یتھہ کِنہِ :

"کھنہ بل کھیٚبہ ووٚنٹن کپس، ورلہ ژٹھ دونس نس"،

یہ چھُنہ صرف ورتاوِ کِنہِ پوٗت فصیح۔ اتھ پتہ یہ کِنژھا چھُ سہ چھُ لکہ نظرِ مُنہ کمال تہ ہاوان۔ گوڈنچ کتھ چھِ زِ اسلام آباد چھُ مساہ نرٛے ہیتھ وُہر پیرُن قصبہ۔ اورنگزیب ہندِس وقتس منز تہندی صوبہ دار اسلام خانن بسوومُت۔ یہ محاورہ ہیکہ تمہ پیرُن تہ آستھ۔ کھنہ بل چھُ پیرُن گام تہ کاشُرناو۔ یہ ہیکہ ہے تنریٚو ہتو وِری یو برونٛہ کنِس ڈیپتس تہ ڈکھ آستھ۔ امہ کھوتہ بوڈ چھُ ڈیپتک اندرُونی آہنگ تہ لطیف وُنلہ ہیو سُون پن روٗنتھ چھُنہ اسلام آباد منزِ لیکان۔ یہ چھُ اتھ لر دتھ کھنہ بل واتان۔ اتھ برعکس چھُ کھنہ بل تہ ورلس منز باگ وِیتھہ ہُند آبی تار کانٛل موجود یُس یمن پانس سنتی واتان چھُ۔ توے چھُ ڈیپتک اثر ڈولہ ژُنڈ ہیو زوردار بناونہ خاطر کھنہ بل تہ ورلیک اکسے جایہ ذِکر تہ پننہ وٹھ کملاوتھ اکھ تیوٗت فضا پادہ کران۔ یُس لکہ ادبک امتیاز چھُ —— کول صابُن پاٹھ چھُ ورتاو، تواریخ تہ لکہ منطق تریشوٚنی سبتھرن پیٹھ ہٹی کِنہ ژوٹ ہیو باسان۔

یتھے کُنہِ چھِ واریاہ ڈیپتھ مکرر لیکھنہ آمتی۔ یمیُک کانٛہ مقصد چھُنہ بے لگان۔ مثالے صفحہ ۱۶۱ ہس پیٹھ :

"آبچھارہ نوٹ : اکس کھوٚت تہ بیٚیس ہوٚت"

( بلاقے صد ۵۹ )

# OMKAR KOUL: MY KASHMIRI GURU.

By Professor Kashi Wali University of Syracuse USA

It was at the South Asian Language Conference at Ann Arbor, Michigan, nearly fifteen years ago, when I first met Omkar Koul or Omkar as he is fondly called in America. I had just read Howard Lasnik's paper on question formation, or what is technically known as Wh-movement, in Linguistic Inquiry. Lasnik had mostly concentrated on Japanese and English. I was curious to find out how Lasnik's theory worked in various Indian languages. Most Indian Languages that I knew, specially Marathi and Hindi, did not fit the theory proposed in Lasnik, though the question patterns in these languages were very similar to those in Japanese. I wanted to look into Kashmiri question pattern. I knew that this language is different than all other languages of India. In particular the verb in this language occurred in the second position, as is the case in English. I had become slightly familiar with it. I had obtained some data on Kashmiri causatives for an earlier paper from Professor Braj Kachru. At that time he had



کول صابٕ بس سیتی پروفیسر کاشی والی

written for students wanting to learn Kashmiri. But a slight familiarity with a language is never enough to write anything about a language. I wanted to know much more about Kashmiri. I got extremely curious about this language. I had an irresistible urge to learn Kashmiri. I remember talking to Professor Peter Hook about Kashmiri at that Conference in Ann Arbor. He had just edited a book "Aspects of Kashmiri

Linguistics" with Omkar. We had a long talk and he then introduced me to Professor Omkar Nath Koul, who has become my Kashmiri Guru ever since. I told him how much I was interested in knowing about Kashmiri. He told me he was willing to help me every way he can. Thus began my journey into Kashmiri, the most fabulous language of India, as far as I am concerned. it contains wealth of significant linguistic data. I am enamoured by it and it has cast a magic spellupon me, as is the case with everyone who touches it, including Sir George Grierson, I am sure. I wish I was a Kashmiri, but since that is not the case I feel extremely lucky to have Professor Omkar Koul as a guru. To me he is the incarnation of Kashmiri itself

Omkar has helped me all the way. His had is there in all my papers and more importantly in our latest book called 'Kashmiri: A Cognitive-descriptive grammar' just published by Routledge, London, It was no easy task. We were oceans apart. He would send me the first draft. It would be followed by innumerable queries and answers were as numerous as the Omkar was never tired of answering all those puzzles I used to pose, in spite of all the tremendous involvement in his job at Mussoorie. It was very exciting for me to work with Omkar on this book.

Omkar is a real Karmayogi. He is always thinking of doing new things in an imaginative way. For instance, as son as an the Kashmiri grammar was finished he assigned me to write a smaller version of Modern kashmiri, which can be easily accessible to Indian. He then thought of extending the framework to all other Indian Languages and got busy towards that goal. He immediately drew an outline and send it to various linguistics who would be willing to write the grammar of their language. Similarly, recently when I visited him in Mysore, he was busy organising a group of wellknown Punjabi and Kashmir writers, in Jammu to write nursery rhymes for children. I attended this seminar and was very impressed. Later on I learned that he has done similar projects in other Indian Languages.

I will not recount numerous accomplishments of professor Omkar Koul. They are too many. I am amazed at the number of books and papers he has published not only on Kashmir language but also in literature, socio-linguistics and in the field of communication. I was so surprised when he gave me a copy of his fat book on Ramayan when I first visited him in Mussoories. The book is in Hindi. It compares Kashmiri Ramayan with other versions. Later on I also

See Pg.66

ڈاکٹر نرینٛدر کے دُلے



# ڈاکٹر اومکار ناتھ کول تہٕ پنجٲبی

١٩٧١ عیسوی منٛز ییٚلہٕ ڈاکٹر اومکار ناتھ کول امریکہ پیٹھہٕ پٹیالہ نادرن ریجنل لینگویج سینٹرس منٛز نوکری کرنہٕ آیہٕ، یمو آسہٕ ہیٚے ہٕنہٕ سونٛچمٕتۍ زِ یِم روزن یتہٕ شُرٕ ہَن ؤری ین۔ ییٚتِ زبان پنجٲبی ہیٚچھن۔ اتھ زبٲنی پیٹھ کرن کام تہٕ اکہٕ دۄہہ ین پنجٲبی لسانیاتکۍ ماہر مانہٕ۔ یہٕ سینٹر چھُ پنجابی یونیورسٹی کیمپس منٛز۔ سینٹرس منٛز تہٕ اوس زیادٕ سٹاف پنجٲبی، تہٕ پٲری اوس صِرف پنجٲبی زبٲنی ہُنٛد ماحول۔ کینٛژن دۄہن منٛزے تورٕ یمن فِکرِ زِ اگر پٹیالہ روزُن چھُ تہٕ سینٹر کامیٲبی سان چلاوُن چھُ، پنجٲبی زبان ہیٚچھنہٕ ورٲے چھُنہٕ کانہہ چارٕ۔ یموٚ کٔر یکدم کوشش یہٕ زبان ہیٚچھنٕچ۔ یمو ہیوٚت بے وایہ پٲٹھۍ ہوٚل کوٚل پنجٲبی بولُن، یہندس پنجٲبی ہیٚچھنس تہٕ ورتاونس متعلق چھےٚ کینہہ مزدار کتھہٕ وُنہٕ تہٕ لوان پھِرنہٕ۔ دَپان یمو وۄن اکہٕ دۄہہ سٹافچہ میٹنگہ منٛز پنجٲبی پٲٹھۍ ـ "میںنوں پنجابی سِکھنی چاہدی" یہٕ بوٗزتھ ترٛود کینٛژ واسُن۔ اتھ کتھہِ اَسی زِ مطلب (١) مےٚ پزٕ پنجٲبی ہیٚچھُن" تہٕ (٢) "مےٚ گژھہِ پنجٲبی سِکہٕ یٲنۍ آسنۍ"۔ وۄن تورٕ یمن فکرِ زِ اَمی ہِشہِ کتھہِ پیٹھ کیازِ ترٛودکھ اَسُن۔ یمو کوٚر غلطی ہُنٛد ایحساس تہٕ زونکھُ زِ پنجٲبی بولنہٕ خاطرٕ چھُنہٕ الفاظ وۄترٕ یوت ضروٗری بلکہ جُملہ بندی، مانےٚ تہٕ مخصوص بولنُک لہجہٕ تہٕ۔ مےٚ چھُنہٕ پتاہ زِ یمن میجا کانٛہہ سِکہٕ یٲنۍ مگر پنجٲبی زبان ہیٚچھکھ ٹھیک پٲٹھۍ۔

یتھ سینٹرس منٛز چھہٕ پنجٲبی کٲشُر تہٕ اردو ترٛے زبانہٕ پرناونہٕ یوان، یمن پیٹھ چھُ تدریسی مواد تیار یوان کرنہٕ تہٕ ریسرچ تہٕ۔ ١٩٧٣ء منٛز کوٚر تمے اتھ سینٹرس منٛز پنجٲبی ٹیپکچر ریپوٹس پیٹھ جوین، مےٚ اُس لگہٕ ادبس سیتۍ دلچسپی۔ ڈاکٹر صابن دیُت مے صلاح کینٛہہ کٲشرِ لُکہ کتھہٕ پنجٲبی پٲٹھۍ پھیرنُک، یموٚ زارِ کینٛہہ لکہ کتھہٕ میانہٕ خاطرٕ، اتھ کوششہِ منٛز کوٚر یمو مےٚ مدد۔ میٲنۍ گوڈنیچ کتاب کشمیری لوک کتھاواں چھپیہٕ ١٩٧٥ء منٛز۔ یتھ یمو گوڈ کتھہِ لیچھ، مےٚ بڑیو حوصلہ، مےٚ کٔر دوٚیِم کتاب "بھارتی لوک کتھاواں" تیار تہٕ یہٕ تہٕ چھپیہٕ۔ اتھ منٛز کوٚر،

یمو مدد رِ چھاپ "پنجابی جیونی ساہتہ" کتاب تہٕ۔

ڈاکٹر صابن تہ کُر اکھ کتاب "پنجابی فونیٹک ریڈر" تہٕ تیار۔ یوسہ غارٕ پنجابین پنجٲبۍ زبان پرناونس منز مدد دِوان چھےٚ دوان۔ یہ چھاپ سأنِ مرکزن۔ ڈاکٹر صاب اَسۍ کاشرس تہٕ اردوٗ زبانِ ہیتھ تہٕ لگاتار کٲم کران رُدی۔ میانہ ایم۔ لِٹ تہٕ پَتہٕ پی ایچ ڈی رِسرچ ڈِگری ہِند گایڈ تہٕ۔ مےٚ کِرہٕ ہیٚنٛزر رہبری منز دوٗشوٕے ڈِگرٕیہ حٲصل۔

مرکزس منز کٔرۍ اَمہِ واریاہ سیمنار۔ اکھ سیمنار کوٗر پنجٲبۍ زبان پرناونس متعلق۔ اَتھ منز آیہ واریاہ پرچہ پرنہٕ۔ ڈاکٹر صابن کٔرۍ یم پرچہ پانے ایڈٹ، یم چھپےٚ یہ کتابہِ ہندِس صورتس منز "پنجابی بھاشا دا دھیاپن"، عنوانس تحت ۱۹۸۴ء منز۔ اکھ کتابہِ رُز واریاہ منگ۔ یہ کتاب چھپنہٕ وۄنۍ بازرٕ میلان۔

پنجابی یونیورسٹی ہندس دعوتس پیٹھ لیچھ ڈاکٹر صابن تہ کاشرادٕچ تاریخ پنجٲبۍ زبانِ منز۔ یہ چھاپ پنجابی یونیورسٹی ۱۹۸۷ء منز۔ گۄڈنیک ایڈیشن گوو اَکِس ڈٕرِ یس منز ختم۔ یونیورسٹی چھےٚ امیک دوٚیم ایڈیشن تہٕ کڈن یژھان۔ مگر اَمہِ میوٗل نہٕ وق یہ ہد ایز کرنک۔

"ہندِ رُوسی ٹیکسٹ بُکس تیار کرنہٕ کِس پروجیکٹس تحت آو کیٚنژن ہندوستانٕ زبانن پیٹھ ٹیکسٹ بُکس تیار کرنک فٲصلہ کرنہٕ۔ یم زن رُوسس منز پرناونہٕ خٲطرٕ استعمال ین کرنہٕ۔ بھارت سرکارن کوٗر پنجٲبۍ زبانِ متعلق ٹیکسٹ بُکس تیار کرنہٕ خٲطرٕ ڈاکٹر صابن تہ میثون ناو تجویز کرنہٕ تہٕ رُوسہ طرفہٕ آو لُود مِلا کھوکھلاوسُند ناو تجویز کرنہٕ۔ ڈاکٹر کھوکھلاو آیہ اَتھ سلسلس منز بھارت دۄیہ ترٛیہ لٹہٕ تہٕ یہ گیٚیِس رُوس اَکہ لٹہٕ۔ اَمہ کوٗر یہ پروجیکٹ ۱۹۸۷ء منز پوٗرٕ۔ یہ کتاب چھپےٚ یہ ماسکو یونیورسٹی پیٹھ ترِن جلدن منز ۱۹۹۰ء کیٚتھ۔ یہ چھےٚ واحد کتاب یوسہ رُوسس منز پنجٲبۍ زبان پرناونس منز استعمال چھےٚ سپدان۔ اَمہِ کتابہِ ہنٛدی چھپےٚ یہ واریاہ رِووٕ تہٕ۔

پٹیالہِ روزنس دوران کٔرۍ ڈاکٹر صابن پنجٲبۍ زبانِ ہِستی وابستہ بیٚیہ ترٛے پروجیکٹ پوٗرٕ۔ اکھ پروجیکٹ اوس پنجٲبۍ زبانِ ہندِس سماجی لسانیاتس ہِستی توٛلُق تھاوان۔ یہ کتاب چھپےٚ یہ ۱۹۸۹ء منز میسور پیٹھہٕ۔ اَمہ علاوٕ کٔرۍ اَمہِ انگریزی۔ پنجٲبۍ تہٕ پنجٲبۍ۔ انگریزی لسانیاتی گلاسری ہنٛدی زٕ لغت تیار۔ یم وۄنۍ چھپنۍ چھہٕ۔

کاشُر ادب پنجٲبۍ پرن والین نش واتناونہٕ خٲطرٕ رُوز تِہنٛز کوٗشش ہمیشہ جٲری۔ یمو لیوکھ پنجاب یونیورسٹی ٹیکسٹ بورڈ کہِ طرفہٕ چھپن واجنہٕ بُہی مہ جٲنٛز ہنٛز پنجٲبۍ کتابہِ خٲطرٕ اکھ ابسے "حبہ خوتون"۔ اَتھ کتابہِ منز چھہٕ باقے ہندوستانٕ ادبس ہِستی وابستہ مضمون تہٕ شٲمِل۔ یہ کتاب چھ لچھہٕ بدی لٹہٕ کہ تہٕ کوٗرہِ ورتاوان۔ اَمہ ابسے کُنی چھ واریاہ پنجٲبۍ ڈاکٹر صابن

زانان "حبہ خاتون ولے اومکار کول"، مے بوز یہ کتھ
داریاہن لڑکن تہ کورن نش ۔

یمو چھ داریاہن کاشرن مقالن تہ افسانن کاشرِ پیٹھ پنجابی زبانی منز ترجمہ کورمُت ، واریاہ چھ پنجابی رسالن منز چھپے متی۔ یتھ منز شیرازا (پنجابی) تہ شامل چھُ ۔ یم چھ کاشرِ ادبک سرمایہ پنجابی تہ باقے ہندوستانی زبانن منز واتہ ناونچ کوشش کران کینہہ سومبر تہ ین پنجابِس منز تیار کرنہ تہ کینہہ ہندی یس منز۔

یموکوژ اُریا زبانی منز شری ولنود اتالونن گو ، منز سولر انرجی متلق ییچھر کتابہ ہند پنجابی زبانی منز ترجمہ ۔ یہ کتاب چھےٚ شُرن ہند خاطرٕ لیکھنہ آمژ ۔ یہ کتاب چھاپ بھاشا وبھاگ پنجاب سرکارن ۱۹۸۸ء منز ۔ یہ کتاب چھےٚ شُرن منز بڑ مقبول۔
یمو چھُ اکھ کتابہ پنہ نس والدصاب شری پریم ناتھ کول اَرپن صابس اُکھ کاشری پاٹھی ترجمہ کرنومُت یہ مسودہ ہیوک نہ وُنہ چھپتھ۔

حال حالے کرُ یمو بھاشا وبھاگہ خاطرٕ "پنجابی۔ کشمیری ڈکشنری"، ڈاکٹر رتن لال تلاشی ہند اتھ واس ستی مکمل۔ یہ ڈکشنری چھپہ جلدے ۔ اَمہ ڈکشنری ستی میلہ پنجابہن کاشرِ زبان ہیچھنس تہ پنجابی ادب کاشرس منز ترجمہ کرنس منز کافی مدد ۔ یہ چھےٚ اکھ اہم کام یتھ پیٹھ یمو واریاہ دق خرچ کورٕ ۔
یتھ کُنی چھےٚ ڈاکٹر صابن کاشر، ہندی تہ اردو زبانو علاوہ پنجابی زبانی پیٹھ سیٹھاہ کام کرٕمژ ۔ یم چھ پنجابی زبانی متعلق داریاہن لسانیاتی تہ ادبی سرگرمین ستی نزدیک پاٹھی وابستہ ۔ یم چھ پنجابی بھاشا اکادمی ہندی وایس پریذیڈنٹ تہ رُودی متی ۔ یم چھ پنجابی زبانی ستی تولق تھاون والین داریاہن سیمنارن تہ کانفرنسن منز برابر حصہ نوان تہ دیسی تہ بین الاقوامی ہُہ کانفرنسن منز پننی مقالہ پیش کران رُودی متی ۔ یمو چھ پنجابی زبانی متعلق وہستادن ہند خاطرٕ ٹرینِنگ پروگرامن دوران لیکچر دتی متی تہ یہند اہتمام کورمُت۔
پنجابی زبانی متعلق لسانیاتس منز کام کرنس منز چھ یہند ناو ہمیشہ لوان ہینہ ۔ یم چھ داریاہن یونیورسٹین ہندی پنجابی زبانی متعلق لسانیاتس ستی وابستہ رسرچ مقالہ یا تھیسز جانچان ۔ یم چھ اَمہ موضوعکی رسرچ گایڈ تہ رسرچ بورڈن ہندی ممبر تہ ۔

باقے زبانو علاوہ چھ یم پنجابی زبانی پیٹھ بڈ عقیدہ سان کام کران ، اکھ غار پنجابی آسنہ باوجود تہ چھ یم اکھ منز خاص دلچسپی نوان ، یموژ ہونڈ نہ اکھ موول ۔ مگر یہنز کامہ چھ سیٹھاہ قدر لوان کرنہ پنجابی حلقن منز ۔ کینہہ دُری برونہہ ۱۹۸۹ء منز چھپے یہ پنجابی لسانیاتس پیٹھ پروفیسر ویداگنی ہوتری ہنز اکھ کتاب ، یمو چھپے یہ کتاب ڈاکٹر صابس یمو لفظو ستی انتساب کرٕمژ "پروفیسر اومکار کول کشمیری دی پنجابیت دے ناں" ۔ یہ کتاب وُچھتھ

(باقی صہ ۶۳)



# کول صٲبس سٟتؠ انٹرویو

مُدیران

سوال:۔ کول صاب تُہۍ کَرِ تہٕ کتہٕ زاوِ ؟

جواب:۔ بہٕ زاس ۷، جنوری ۱۹۴۱ ء منز لوگام کولگام تحصیلس منز

سوال:۔ پننہٕ کیریرک آغاز کتھ پاٹھۍ کوٚر وتوٚ ہیہ ؟

جواب:۔ مے کوٚر گوڈٕ ایم۔ اے ہندی جموں و کشمیر یونیورسٹی ہندِ ذریعہٕ ۱۹۶۳ء منز تہٕ تمہٕ پتہٕ پی ایچ ڈی آگرہ یونیورسٹی طرفہٕ ۱۹۶۶ء منز۔ بہٕ گوس لِنگوسٹِکس منز تعلیم حاصل کرنہٕ خاطرٕ یونیورسٹی آف الہِ نائے (امریکہ) تتھ یونیورسٹی منز ہندی تہٕ اردو زبان پرناونہٕ علاوٕ کوٚر مے لنگوسٹکس سبجیکٹس منز ایم۔ اے تہٕ رِسرچ کٲم۔ اَتھی یونیورسٹی منز کٔر مے پروفیسر برج کچھوشن کاچروٗ سٕتۍ کٲشرِ زبٲنؠ پیٹھ کٲم۔ گوڈٕ کٔر مے کٲشرِ زبٲنؠ سٕتۍ وابستہٕ ریفرنس گرامر پروجیکٹس منز تہٕ کٲم۔ یہ کٲم کران پھیر میانؠ دلچسپی کٲشرِ زبٲنؠ کُن۔ بہٕ روٗدس امریکہ جنوری ۱۹۶۹ء پیٹھہٕ جون ۱۹۷۱ء تام۔

۱۹۷۱ء منز ییلہِ بہٕ ہندوستان واپس آس مے کٔر سنٹرل انسٹیٹیوٹ آف انڈین لنگویجز کہ شمالی زبانن ہندِس پٹیالہٕ کِس مرکزس منز پرنسپل ہُندِس عہدس پیٹھ کٲم اتھ مرکزس منز چھہٕ کٲشر اردو تہٕ پنجابی زبانن منز وٕستادن تربیت یوان دنہٕ۔ امہٕ علاوٕ چھُ یمن زبانن پیٹھ رِسرچ یوان کرنہٕ تہٕ تدریسی مواد یوان تیار کرنہٕ۔ بہٕ روٗدس اَتھ مرکزس منز جون ۱۹۸۷ء تام۔

اتھ مرکزس منز میوٗل مے کٲشرِ زبٲنؠ پیٹھ کٲم کرنک کھاہ موقعہ۔ اَتھ دوران لیچھِ مے کٲشرِ زبانِ پیٹھ کتابہٕ۔

جولائی ۱۹۸۷ء پیٹھ جولائی ۱۹۹۴ء تام کٔر مے لال بہادر شاستری نیشنل اکادمی آف ایڈمنسٹریشن مسوری منز ہندوستانؠ زبانن ہندِس پروفیسر سٕندِس عہدس پیٹھ کٲم۔ اَتھ اکادمی منز چھہٕ IAS افسرن ہندوستانکین علاقٲئی زبانن منز تہٕ تربیت یوان دنہٕ۔ اتھ اکادمی منز تہٕ تھٲو مے کٲشرِ زبٲنؠ پیٹھ تحقیقی کٲم جٲری۔ اگست ۱۹۹۴ء پیٹھ چھُس بہٕ سنٹرل انسٹیٹیوٹ آف انڈین لنگویجز میسورس منز پروفیسر تہٕ ڈپٹی ڈائریکٹر کہ عہدس پیٹھ کٲم کران۔ یہ ادارٕ چھُ ہندوستانکین سارنٕے زبانن پیٹھ تحقیقی کٲم کران تہٕ تربیت دِوان۔ یہ چھُ ملکس منز سارٕوے کھوتہٕ بوڈ مرکز یتہٕ زبان لسانیاتی موضوعن پیٹھ



شیخ محمد عبداللہ تہٕ کول صاب

کٲم چھےٚ سپدان۔

سوال ۳ :۔ وٕنیکتام کمہٕ کمہٕ کتابہٕ لیٚکھِو توہہ؟

جواب :۔ مےٚ چھےٚ وٕنیکتام لگ بگ ستہٕ ترٛہ (۳۷) بجہٕ لوکٕچہٕ کتابہٕ تیار کرمژٕ۔ یِمن منٛز چھےٚ دہٕ یہ ترٛہ (۳۲) چھاپ سپزمژٕ تہٕ پانٛژھ چھےٚ پریس منٛز۔

یِمہٕ کتابہٕ چھےٚ کٲشرِ، ہندی، اردو، پنجابی تہٕ انگریزی زبانن متعلق۔ یِمن منٛز چھےٚ ژٕ کتابہٕ امریکہ چھپان تہٕ اکھ چھےٚ روٗسہٕ چھپیمٕژ۔

کِتابو علاوٕ چھےٚ میانہِ لگ بگ ہتھ سو آدٕہتھ تحقیقی مضمون تہٕ رِوٕو چھپیمٕتۍ۔

سوال ۴ :۔ کٲشرِ لسانیاتس چھےٚ تُہنٛد کٲفی دیٚت۔ توہہ چھِوٕ کھ واریاہ سکالرٕ تہٕ کٲشرِ زبٲنۍ کُن پھِرمٕتۍ۔ یِمن سکالرن کٲشرِ زبٲنۍ کُن پھِرناوِنہٕ خاطرٕ کیاہ پیوٚو توہہ کرُن؟

جواب :۔ کٲشرِ زبٲنۍ ہٕنٛد گوڈنیک گرامر چھےٚ ایشور کولن سنسکرت زبٲنۍ منٛز پانہٕ نین ۱۸۸۰ء ٹس پیٹھ منٛز لیٚوکھمُت۔ گریرسن گو وامہِ سیٚتہٕ سیٹھاہ متاثر تہٕ یِمو کوٚر یہِ چھاپ۔ تِمےٚ کٕرٕ گریرسنن کٲشرِ ڈکشنری تہٕ مکمل کٕرِتھ چھاپ۔ گریرسنٕنہِ کٲم وُچھِتھ پیٚیہ واریاہن غارٕ ہندوستٲنۍ سکالرن کٲشرِس منٛز دلچسپی۔ یِمن منٛز مور گینسٹرین تہٕ بیلے وغارٕ شاٲمِل چھےٚ۔

کٲشرِ زبٲنۍ پیٹھ گیہٕ ۱۹۶۰ء پتےٚ سنجیدٕ پاٹھۍ کٲم شروع یتھ منٛز ییٚتہٕ کیوٚتہٕ نیبرِ میوٚ سکالرو کٲم کٕر۔ گوڈٕ گوڈٕ آس کٲم زیادٕ ترٕ سوتی تہٕ صرفی پہلون پیٹھ منٛز منٛزی نظرٕ گژھان، نحوی پہلون پیٹھ گیہٕ کٲم ۱۹۷۰ء پیٹھ شروع۔ یہِ چھےٚ محض اکھ اتفاق کہ واریاہو نیبرِ میوٚ سکالرو کٕرمےٚ ییٚتی کٲشرِس پیٹھ کٲم۔ پروفیسر پیٹر ہکس سیٚتہٕ کٕرمےٚ ۱۹۷۹ء پیٹھ کٲم۔ اسہِ چھےٚ صرفی تہٕ نحوی پہلون پیٹھ واریاہ پرچہٕ لیٚکھمٕتۍ۔ یِمو منٛز چھےٚ کیٚنہہ ہندوستانکین تہٕ نیبرِمین تحقیقی رسالن منٛز چھپیمٕتۍ۔ کیٚنہہ چھےٚ سانہِ کتابہٕ ASPECTS OF KASHMIRI LINGUISTICS (1984ء) منٛز شاٲمِل کرنہٕ آمتۍ۔ یہِ کتاب چھےٚ اسہِ یکہٕ وَٹہٕ ترتیب دِژمٕژ۔ کیٚنہہ پرچہٕ چھےٚ بین الاقوامی کانفرنسن تہٕ سیمینارن منٛز پیش آمتۍ کرنہٕ۔ سانٛز اکھ کتاب چھپہِ امریکہ پیٹھ۔ سانٛز کٲم چھےٚ وٕنیکتام برابر

جاری۔ تِم چھِ لگ بگ پژتھ وٗری ہندوستان یِوان۔ اکہ لٹہ گوس بہٕ تہٕ تِمَن نِش امریکہ۔

یتھے کٔنی آس ڈاکٹر رٔوتھ شمت تہٕ شیناز بٲنی ہیٚتھ کام کران۔ شیناز بٲنی سیتی والبتہٕ اُکس پروجیکٹس ہیٚتھ کام کرنہٕ خاطرٕ رٔوز سو سائنس پٹیالہکس مرکزس منز ۱۹۸۱ء منز اُکس وٗری لیس۔ اَتھ منز گیہ اَسہِ کٔشیر تہٕ۔ تہٕ اَتھ وقتس اندر کرٕ اَسہِ زٕ کتابہ تیار۔ اکھ آس کٲشرِ زبٲنی ہٕندِس استعمالس متعلق سماجی لسانیاتی سٔروے تہٕ بیاکھ کٲشر، شناتہٕ بلتی دردی زبانن ہٕنز اکھ انوٹیٹڈ ببلوگرافی۔ یِمہ دوشوے کتابہ چھپیہٕ ۱۹۸۲ء منز (وۄنی چھِنہٕ یِمہ کتابہ بازرٕ میلان)۔ اسہِ چھِ یِمو دۄلو کتابو علاوٕ تہٕ کیٚنہہ رِسرچ مضمون لیکھمتی کٲشرِ زبٲنی متعلق یہٕ چھِ لیوز زِمے چھِ واریاہن غار کٲشرِ سکالرن ہُند توجہ کٲشرِ زبٲنی کُن پھیرنچ کوٗشش کرمٕژ۔ یِمن منز پروفیسر کرسٹوفر شکل یِم لندن یونیورسٹی سیتی تعلق چھِ تھوان، پروفیسر بورس زکھارین (ماسکو یونیورسٹی) پروفیسر کاشی والی (یو. ایس. اے) وغیرہٕ شامل چھِ۔ واریاہ سکالر پھیرِ کٲشرِ زبانِ کُن پانے اَتھ زبٲنی متعلق باقیہ رِسرچ کام وچھتھ۔ وۄنی چھِ بیٚیہ تہٕ کیٚنہہ سکالر کام کران یِمن منز پروفیسر الس ڈیوِسن (یو. ایس. اے) شامل چھِ۔ مے چھِ وۄمید زِ پرۄنہہ کُن تہٕ روزِ کٲشرِ زبٲنی ہیٚتھ غار کٲشرٕ سکالرن ہٕنز کام جاری۔

سوال ۴ :. کٲشرِ زبٲنی چھِ تُہُند اکھ دٔیُت سُہ گوو کٲشرِس رسم الخطس متعلق کمپیوٹر سافٹ ویٔر بناونس منز مدد۔

جواب :. بھارت سرکارن چھُ سنٹر آف ڈولپمنٹ فار ایڈوانسڈ کمپیوٹنگ (CDAC) پونا ہس منز قایم کوٗرمُت یِمو چھُ GIST کارڈ بنوومت۔ یُس زن کمپیوٹرس منز لگاونہٕ سیتی کُنہِ تہٕ ہندوستٲنی زبٲنی ہُند رسم الخط ہٕنکہ کمپیوٹرس ہیٚتھ ٹایپ کرنہٕ ہیٚتھ تہٕ یہٕ ہیٚکہِ چھاپ سیدٕ کھ مے کرٕ اَتھ سینٹرس منز کٲشرِس رسم الخطس متعلق صلاح کار سندِ حیثیژ کام، یتھ منز اَتھ رسم الخطس منز ییٚنہٕ وٲلی




اُکس ہینڈی
کتابہ پیٹھ
اروناچل
پردیشُک
گورنر
کوٗل صائبس
انعامہ
دِوان

مسلہٕ آیہ اَنزراونہٕ ۔ C-DAC گو GIST کارڈ بناوِنس منٛز کامیاب ۔ وۄنۍ چھِ کوٗشِش سپدان کہ نسخہٕ علاوٕ کِتھ کٔنۍ ییہٕ نستالیٖخ چھاپنہٕ ۔ امہٕ خاطرٕ چھِ لیزر پرنٹر خاطرٕ فانٹ بناوُن ضرٗوری ۔ مےٚ چھِ وۄمیدٕ زِ جلدٕے ییہٕ کٲشُر کتابہٕ چھاپنس منٛز کمپیوٗٹرن ہُند استعمال کرنہٕ ییٚمہٕ سیٖتۍ اَتھہٕ سیٖتۍ کتابت کرنُک مسایِل دوٗر گژھن

سوال ۵ :۔ کٲشُر ٹایپ رایٹر کیٚتھس کالس تام گژھہِ تیار؟

جواب :۔ کٲشُر ٹایپ رایٹر بناوُن چھُنہٕ مشکل کام، کمپیوٹر "کی بورڈ" چھُ بناونہٕ آمُت، اگر کانہہ کمپٔنی دلچسپی ہٮ۪یہ سو ہیٚکہ کمپیوٗٹر کی بورڈ پیٚچھ" اچھرن ہنٛز ترتیب کٲشرِ ٹایپ رایٹر خاطرٕ تہٕ ورتاوِتھ ۔ اردو تہٕ فارسی رسم الخط ٹایپ کرنہٕ بابتھ چھِ ٹایپ رایٹر میلان ۔ کٲشرۍ خاص اچھر تہٕ اِعرابہٕ تہٕ ہیکن کی بورڈس منٛز شٲمل کرنہٕ ییتھ ۔

ٹایپ رایٹر کھوتہٕ ہیٚکہ کمپیوٗٹرٕ کٲشرِ خاطرٕ استعمال سپدِتھ ۔ تِکیازِ وقت چھُ کمپیوٗٹرُک ۔ ٹایپ رایٹرن ہُند استعمال چھُ باقٕے زبانن ہندِ خاطرٕ تہٕ دۄہہ کھوتہٕ دۄہہ کم گژھان

سوال ۶ :۔ توٚہہِ کَمَن محققن (خاص کرِتھ لسٲنی ماہرن) سیٖتۍ چھُوٚ وۄٹھن بِہن روٗدمُت یا ازکل چھِوٕ وۄٹھان بِہان؟

جواب :۔ یہ چھےٚ میٲنۍ خوش قسمتی کہ امریکہٕ ہس منٛز میلےٚ مے سٹھاہ جان تہٕ قدٕ پایہٕ وۄستاد ۔ یِمن منٛز پروفیسر لابرٹ لینز، پروفیسر زگُستا، پروفیسر کِس بُرتھ ۔ پروفیسر برج کاچرو، پروفیسر یمنا کاچرو تہٕ پروفیسر ابرکرامبے وغارٕ شٲمل چھِ ۔ یہٕ روٗدس یمن قریب مےٚ ہیوٚچھ یِمن نِش واریاہ، کیٚنہہ کلاسہٕ نیٚبر تہٕ ۔

ہندوستانہٕ نیٚبر تہٕ روٗد مےٚ ییٚتہِ کیٚن واریاہن تھدین لسٲنی ماہرن سیٖتۍ وۄٹھن بِہن ۔ پٹیالکِس سینٹرس منٛز کٔرۍ مےٚ واریاہ سیمنار، ورکشاپ تہٕ ٹریننگ پروگرام مرتب ییٚمہٕ سیٖتۍ واریاہ ہندوستٲنۍ تہٕ باقٕے ملکن ہندۍ سکالر آیہٕ ۔

۱۹۷۹ء منٛز گوس بہٕ آسٹریلیہ ترٛین ریٚتن اَکِس انٹرنیشنل ٹریننگ پروگرامس منٛز ۔ اتہِ تہٕ میوٗل مےٚ لسانیاتی ماہرن کیٚنٛژن مشہور عالمن سیٖتۍ وۄٹھن بِہن یِمن منٛز پروفیسر ہالی ڈے، پروفیسر باب ڈِکسن شٲمل چھِ

ہندوستانس تہٕ باقٕے ملکن منٛز ینٛو مےٚ واریاہن سیمنارن تہٕ کانفرنسن منٛز حِصہٕ ۔ مےٚ پرٛۍ پننۍ ریسرچ مقالہٕ ۔ امہِ کنۍ تہٕ آس بہٕ واریاہن سکالرن قریب ۔

بہٕ چھُس لِنگوسٹکس سوسایٹی آف انڈیا، ڈراوِڈین لنگوسٹک اسوسیشن تہٕ باقٕے ادارن ہُند لایف ممبر تہٕ ۔ یِمن واریاہ تقریبہٕ منعقد چھِ کران ۔ ازکل چھُس بہٕ لنگوسٹکس سوسایٹی ہُند نایب صدر تہٕ ۔

لسانیاتہٕ علاوٕ چھےٚ میٲنۍ دلچسپی ادبس تہٕ کمیونیکیشن موضوعن سیٖتۍ تہٕ ۔ مےٚ چھُ واریاہن سکالرن تہٕ ماہرن سیٖتۍ وۄٹھن بِہن ۔

سوال ۷ :۔ ہندوستانس منٛز کیاہ مقام چھُ کٲشرِ زبٲنۍ ہُند؟

جواب :۔ کٲشر زبان چھےٚ ہندوستٲنۍ آینہٕ کِس اٹھِمس شیڈیوٗلس منٛز گوڈٕ پیٚٹھے درج آمٕژ کرنہٕ ۔ امیُک مطلب گوو زِ یہ چھےٚ اَکھ بڑٕ علاقٲیی تہٕ اہم زبان مانٕنہٕ آمٕژ ۔ یہ زبان ہیٚکہ ہےٚ پننِس ریاستس منٛز اَکھ سرکٲری زبان بٔنِتھ ۔ یہ ہیٚکہ ہےٚ تٲلیمہٕ منٛز

• ماسکو یونیورسٹی منٛز کول صأبس سیتی پروفیسر لوٗدمِلا کھوکھلاوا تہٕ پروفیسر بورس زکھارین تہٕ • مسوری منٛز پروفیسر منجُلا سنگھ تہٕ پروفیسر رُتھ لیلا شمت سیتی



کول صأب
ہرارے
شہرس
منٛز
یونسکو
کانفرنسہ
منٛز
شرکت
کران

اَکھ ضروری سبجیکٹ بنِتھ تہٕ سکولَن مَنٛز تعلیم دِنہٕ خاطرٕ ورتاونہٕ یِتھ۔ مگر کینژَو وجوٗہاتو کِنۍ ہیوٚک نہٕ یہِ سپدِتھ۔ کِنہٕ تہٕ زبانہِ چھُ وسعت میلان ورتاونہٕ سٕتۍ۔ باقٕے وارِیاہن ہندوستانۍ زبانَن میوٚل یہِ مقام آزادی پتہٕ۔ یِمَن ییٚم سرکاری زبانہٕ بنیٚیہِ تہٕ تعلیمہِ مَنٛز آیہِ ورتاونہٕ۔ اخبار، ریڈیو، ٹی۔ وی تہٕ فِلمن مَنٛز زبانۍ ہُنٛد ورتاو چھُ اہم۔ یِمیٚمہِ سٕتۍ جدید ٹیکنیکی تہٕ سائینسی لفظ راش چھِ رٲنٛج سپدان۔ کٲشرِ زبانۍ میلہِ یوٚچھہٕر صرف اَمِکہِ استعمال کرنہٕ سٕتۍ۔

ہندوستانکِس آینَس مَنٛز جاےٚ پراونہٕ کِنۍ چھُ مرکزن تہٕ رِیاستی سرکارن ہُنٛد فرض بنان اَتھ زبانۍ یوٚچھہٕر دِنُک۔ یہِ زبان چھےٚ شمالی زبانن ہندِس مرکزَس مَنٛز پرناونہٕ یِوان۔ سٲنۍ اِدارن چھےٚ کیٚمنہٕ تدریسی کتابہٕ تہٕ بناوِتھ چھاپ کٔرمٕژ۔ اَتھ زبانۍ پیٚٹھ چھِ وارِیاہ سیمنار، ورکشاپ تہٕ ٹریننگ پروگرام منعقد سپدان۔ مگر یہِ سورُے چھُنہٕ کٲفی۔ مےٚ وۄن گوڈٕے کٲشرِ زبانۍ ہیٚکہِ یوٚچھہٕر میلِتھ اَمِکہِ ورتاونہٕ سٕتۍ۔ رِیاستی سرکار ہیٚکہِ اَتھ مَنٛز اَکھ اہم رول ادا کٔرِتھ۔ اَتھ زبانۍ مَنٛز گژھن اخبار تہٕ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ رِسالہٕ چھاپنہٕ یِنہٕ۔ اِمِچ ریڈرشِپ گژھہِ بڑنۍ اَتھ مَنٛز ہیٚکن رِیاستی سرکارٕ علاوٕ والنٹری ادارٕ زیادٕ کٲم کٔرِتھ۔ والنٹری ادارٕ ہیٚکن مرکزی تہٕ رِیاستی سرکارٕچن وارِیاہن سکیٖمن ہُنٛد فٲیدٕ تُلِتھ۔

سوال نمبر ۶ :۔ کٲشرِ زبانۍ خاطرٕ کیاہ چھِوٕ تُہۍ اَز کل کران؟

جواب :۔ مےٚ کوٚر حال حالٕے کٲشرِ گرامرُک اَکھ پروجیکٹ مکمل۔ یہِ پروجیکٹ اوس سری کیوٗز یونیورسٹی امریکہ چہِ ڈاکٹر کاشی والی تہٕ مےٚ میوٚلمت۔ یہِ چھپہِ جلدٕے روٗٹلِج (لنڈن) پیٚٹھ۔ یہِ چھُ کٲشرِ زبانۍ متعلق گوڈنیُک تفصیلی گرامر۔ اَمہِ علاوٕ کوٚر اَسہِ دوٚشوٕے ماڈرن کشمیری گرامر تہٕ تیار۔ مےٚ کوٚر بروٚنہہ ذکرٕ زِ پروفیسر پیٹر ہُک تہٕ بہٕ چھِ وارِیاہو وریو پیٚٹھ کٲشرِ زبانۍ ہندِس نحوی پہلوَن پیٚٹھ لیکھان۔ سٲنۍ اَکھ کتاب تہٕ چھےٚ لگ بگ تیار، یِتھ مشی گن یونیورسٹی جلدٕے چھاپہِ۔

میانۍ خٲہش چھےٚ زِ یِمہٕ کتابہٕ گژھن کٲشرِ زبانۍ مَنٛز تہٕ چھپنہٕ۔ بہٕ کرٕ کوشش یِمن ترجمہ کرنٕچ۔ لسٲنی کامہِ علاوٕ چھُس بہٕ کٲشرِ زبانۍ مَنٛز افسانہٕ تہٕ رپورٹ تہٕ لیکھان یِمو مَنٛز چھِ سیٹھاہ کم چھپیٚمٕتۍ۔ بہٕ کرٕ کوشش یِمو مَنٛز کیٚمنہٕ چیز چھاپ کرنٕچ تہٕ۔ ●●

---

## بقیہ اَڈٕرٕچ کتھ

کٲشرِ زبٲنۍ مَنٛز اَسہِ تن لیکھُن یا پنجٲبۍ، اردو اَسہِ تن یا ہِندی، انگریزی گوڈٕ اَسی تھٕے، ایڈمنسٹریشن آسہِ با کانٛہہ دفتری کام، سیمینار آسہِ کرُن یا ورکشاپ، تنظیم چلاونۍ آسہِ با کانٛہہ تعلیمی ادارٕ، گریلو کٲم آسہِ یا ریسرچ پروجیکٹ، بارن دوستن سٕتۍ دوہ کَٹُن، یِہُن اَسی تن یا بِیٚہ تہٕ کانٛہہ مسلہ کوٗل صاب چھِ پننہِ قٲبلیتہٕ، ذٲہنتہٕ تہٕ تجربہ کِنۍ یِمن سارنٕے شعبن پیٚٹھ دسترس تھاوان تہٕ دِنیکتام چھِ یِمن شعبن مَنٛز یِمو کارہٕ لےٚ نمایاں انجام دِتمتۍ۔

ادارٕیہ —— ڈاکٹر آفاق عزیز
ڈاکٹر محفوظہ جان

سرینگر کشمیر۔
۵، نومبر، ۱۹۹۶ء

●●

پروفیسر ہری کرشن کول



# کشمیری کہانیاں پیٹھ تبصرٕ

کاشرِ ادبٕچ تاریخ چھےٚ تیٚژے پرٲنۍ ییٚژ باقیَن ہِندیَن ہندوستٲنۍ زبانن ہٕنٛز ادبی تٲریخ چھےٚ۔ ییٚہ تہٕ چھُ پزٕ زِ مِقدارس منٛز کم آسنہٕ باوجوٗد چھُنہٕ کاشُر ادب مول یا خوٗبی لحاظہٕ باقیَن ہندوستٲنۍ زبانَن ہِندِ اَدبہٕ کھۄتہٕ کیٚنہہ ہیٚتھ۔ امایوٗز زندگی ہِنٛدِ بیٚن دوٚیمیَن شوبن ہنٛدۍ پٲٹھۍ چھےٚ آسی کاشرِ ادبٕکس معاملس منٛز تہٕ عجیب احساسِ کمتری ہنٛدۍ شکار۔ سۄن زِ کاشرِس منٛز چھُنہٕ زیادٕ لیکھنہٕ آمُت، مگر یۄتے لیکھنہٕ چھُ آمُت، تتھ تہٕ چھنہٕ آسی سنٛیمتھ۔ تمہٕ کِس ہٕتھ مس حصس تہٕ چھینہٕ مول آنکون سیٚز مٕژ۔ یا تہٕ چھِنہٕ اَسہِ نَش اَمہِ بٲپتھ ضوٗروٗری اوزار دٕستیاب۔ نتہٕ چھےٚ سانۍ درویش طبیعت اَسہِ وَنان زِ ییٚہ لیکھتھ گوٚو تہٕ گوٚو ہوٚکھ۔ تتھ بیٚیہٕ مغز مارۍ کرنۍ گوٚو وینٛیے وَکھ ضایع کرُن۔ ییٚتھ پٲٹھۍ انسان بیٚیَن ہُتھ چھُنہٕ پانہٕ وُچھتھ ہیٚکان تتھے پٲٹھۍ چھےٚ کاشرِن ہِندِ خاطرٕ کینٛژھاہ احساسِ کمتری کنٛز۔ کینٛژھاہ انکساری کنٛز تہٕ کینٛژھاہ مندِ چھےٚ کینٛز بیٚیَن ادبی ہُتھ ژزناوُن مشکل گومُت۔

ییٚہ مندچھےٚ ژلراوُنک اکھ علاج چھُ ییٚتہٕ زِ اَسہِ وُچھو ترجمہٕ کِس آنس منٛز بیٚیَن ادبی ہُتھ۔ بنگالیَن تامِلَن مراٹھیَن ہِندۍ پٲٹھۍ کرِو آسی کاشرِ تہٕ ییٚمنہٕ لَس اَدبس دوٚیمیَن زبانَن منٛز ترجمہٕ ہٕم ترجمہٕ پرِتھ ترِ غار کاشرِن یِوتے نہٕ بلکہ پانہٕ اَسہِ کاشرِن تہٕ فکری زِ سون ادبی ہُتھ چھُ سانہِ سرزمینہِ ہِندۍ پٲٹھۍ سوند رٕتہٕ مارۍمۄنٛد۔ کاشرِ اَدبہٕ بٲپتھ چھُ بنگالی، تامِل تہٕ مراٹھۍ اَدبہٕ کھۄتہٕ زیادٕ ترجمہٕ ہُک آنہٕ تہٕ ڈوٚکھ ضوٗروٗری۔ اکھ چھُ اَسہِ کاشرِن ہِنٛدِ تیار ادبی بنگالی یا مراٹھۍ لِسٲنۍ گرٕ بلو کھۄتہٕ سیٚٹھاہ کم۔ تِمَن منٛز تہٕ چھُ وارِیاہن کوٗشِش مُشتقہ گومُت، مگر وُکھٕ تہٕ زِلو چھکھ دوٚہس راتس کٔشیر تیچ نار دِوان۔ وارِیاہ چھےٚ تم تہٕ یِمَن کوٗشُر لوٗل چھُنہٕ گومُت مگر رسمِ خط چھکھ نہٕ تگان (یِمن تہٕ نہٕ کرِکھ زانہہ کوٗشِش زِ یِمَن گوژھ تگُن)۔ تم کاشرِ تہٕ چھنہٕ کم زِ یِمَن خبر کاتیاہن پیٚیرِن برٛونٛہہ کٔشیر چھےٚ ترأونۍ بیٚیہِ شہرٕ تہٕ دوٚنۍ چھےٚ تم تِمۍ علاقٕچ زبان بولان تہٕ ورتاوان ییٚتہٕ روزان چھِ۔ مگر تہٕ کرِتھ تہٕ چھِ پانس کاشرۍ وَنان۔ تم چھِ اُچھر داری لدٕ ہندۍ پٲٹھۍ دوٚیمیَن زبانن منٛز کاشرِ ادبُک ترجمہٕ ژھانڈان آسان تہٕ یِلہٕ کُنہِ جایہِ، کُنہِ زبانہِ منٛز، کُنہِ کاشرِ ادب پارک

ترجمہ چھکھ اَتھ لوان، تِم چھِ پننِس پرزنتھ دوبار پراوہٕ کِس جوشس منٛز تتھ اَچھن منتھان۔ یمو علاوٕ چھِ دُنیاہس منٛز غارٕ کاشرین ہنٛز اکھ کُثیر تیداد یِم کٔشیرِ ہندِ حالاتھ تہٕ مسلہٕ کاشرین ہندِ باہمی رشتہٕ، طور طریقہٕ، وۄتھ بیٖھ، مزاج طبیعت تہٕ سوٚچ دِفہ یمین زبانن منٛز کاشرِ ادبہٕ کہ ترجمہ کہ مددٕ سیتۍ زانُن یژھان چھِ۔ یِم سارے کیٚتہ نظرِ تل تھوٚوِتھ چھُ ضۆرۆری زِ دُنیاہس برٛونہہ کنہٕ کٔشیرِ تہٕ کاشرین ہُند صحیح بُتھ بیش کرنہٕ خاطرٕ گژھہ ییتھ کالہ کہ تہٕ تِمہ کھۄتہٕ زیادٕ از کال کہ کاشرِ ادبُک ترجمہ دفہ یمین زبانن منٛز یُوت بہٕ تیوٚت ممکن سپدِ سپدُن۔

مگر مول آنکونہٕ ہندی پاٹھۍ چھِ اَسہٕ کاشرین اور کُن تہٕ پکے۔ ہرگاہ کلاسیکی تہٕ جدید کاشرِس ادبُس دفہ یمین زبانن منٛز ترجمہ آسہٕ ہے سپدمُت، عالمی ادبہٕ کِس نقشس بیٖھ تہٕ صحیح، ہندوستانی ادبہٕ کِس نقشس بیٖھ آسہٕ کوشُر ادب تہٕ کُنہٕ اہم تہٕ تھکنہٕ لایکھ جایہ ذٕر بیٚہِتھ گژھان۔ اتھ صورتہٕ حالس منٛز گژھہ نہٕ یہ وَنُن غلط یا ولیوٚٹھ زِ اَکِس تخلیقی کارسنٛد کھۄتہٕ چھُ اکھ ترجمہ کار کاشرِ زبانۍ تہٕ ادبُک زیادٕ ژٕ کی دَر۔

یُہوے ژٕکی دَرو منٛز چھِ ڈاکٹر اومکار کول تہٕ یِمَو کشمیری کہانیاں عنوانس تحت مختلف کاشرین افسانن ہُنٛد ہندی ترجمہ کران یُس ۱۹۹۲ء منٛز دِلہ بیٖھ چھپومُت چھُ۔ اومکار کول صاب چھِ از کل میسور سنٹرل انسٹیچیوٹ آف انڈین لنگوئجز ادارس منٛز بحیثیت پروفیسر تہٕ ڈپٹی ڈائریکٹر کام کران۔ یِمَو چھِ کشمیر یونیورسٹی علاوٕ آگرہ تہٕ امریکہ ہِچہ الہٕ نوے یونیورسٹی منٛز تالیم حاصل کٔرمٕژ۔ واریاہس کالس کٔشیرِ نیبر روٗزِتھ تہٕ چھِ یِم کوشُرۍ بولان تہٕ کاشرِ زبانۍ ہُندرُت کانٛچھان۔ لسانیاتہٕ کی ماہر آسنہٕ علاوٕ چھِ یِم کاشرِس ادبس منٛز تہٕ دلچسپی تھوان تہٕ کاشرِس منٛز چھکھ کینہہ افسانہٕ تہٕ لیکھمٕتۍ۔

"کشمیری کہانیاں" انتخابکۍ چھِ پانہٕ ترتیب کارتہٕ۔ اتھ کتابہِ منٛز چھُ ترجمہ کارسنٛدیو دہیو افسانو علاوٕ اختر محی الدین امین کامل، اوتار کرشن رہبر، علی محمد لون، بنسی نردوش، عبدالغنی بیگ اطہر، بشیر احمد بشیر، ہردے کول بھارتی ہری کرشن کول تہٕ ایم لِساہ شُنٛد اکھ اکھ افسانہٕ شامل۔

ییتھ پاٹھۍ چھُ یہ انتخاب بیش رو افسانہ نگارو بیٖھ نوٚیَس ہنٛدین لکھارین تام کاشرِ افسانہٕ کہ ارتقامک نموٗنہٕ بیش کران۔ انتخابس منٛز شامل افسانہٕ چھِ عام طور افسانہٕ نگارن ہنٛز مثالی تخلیقہٕ یِم پرن والین تہندِس سوٚچس لہجس تہٕ اندازس سیتۍ زان چھِ کرناوان۔ ماسوائے اوتار کرشن رہبر سنٛد افسانہٕ یُس نہٕ تہنٛد تعلیمچ نمائندگی کران چھُ تہٕ نہٕ چھُ تہنٛدِ تخلیقی تہٕ فنی قابلیتُک ہنٛد باس دِوان۔ رہبر صابنۍ اکثر افسانہٕ چھِ انتخابس منٛز شامل افسانہٕ کھۄتہٕ بہتر تہٕ بالیغ۔ یِم ساری افسانہٕ چھِ کاشرِ لۆ قلم کارو پننہٕ ماجہٕ زیو منٛز لیکھمٕتۍ۔ لہٰذا چھِ یہنٛدِس موضوعس منٛز سۆنۍس ورتاوس تہٕ لہجس منٛز ایمانداری خلوص تہٕ بے ساختگی ٹاکارٕ پاٹھۍ لبنہٕ یوان۔ ییتھ پاٹھۍ چھِ یِم افسانہٕ کٔشیرِ تہٕ کاشرین ہنٛز حقیقی تصویر بیش کٔرِتھ تِم برم مسمار کران یِم بدقسمتی

(بقایہ صہ ۱۰۱)

ڈاکٹر رُوپ کرشن بٹ*

# کاشُر لِسانیات تہٕ پروفیسر کول

کاشرِس لِسانیاتس مُتعلق آیہٕ سنجیدٕ پاٹھۍ تحقیقی کام کنُوہمہٕ صدی ہنٛدِ آخرس پیٹھ کرنہٕ۔ واریاہ یوٗرپی اُدیبو تُل اتھ کامہٕ کوٗڈ دس تہٕ کرِکھ واریاہ کام مگر کوٗڈ الوارہ منٛز تھد پایُک تہٕ تھیکنہٕ لایق کام آس پنڈت ایشور کولُن سنسکرت پاٹھۍ کاشُر گرامر "شبد امرت"۔ یہٕ گرامر بنیوٗ گرٛیرسن سٕنٛزِ کامہٕ ہنٛد اَکھ اہم وسیلہٕ۔ تمہِ پتہٕ پیٹھ از تام آیہٕ کاشرِ زبانۍ ہنٛدِس پرٛتھ پہلوٗس پیٹھ تحقیقی کام کرنہٕ۔ یتھ منٛز کاشرین تہٕ غٲر کاشرین ہنٛد لگ بگ برابر حِصہٕ چھُ۔ چونکہٕ یتھ کتھِ منٛز چھےٚ نہٕ کانٛہہ شکھ زِ کُنہِ تہٕ زبانۍ مُتعلق یوٗت تاہ ووتھوٗ تہٕ اطمینانہٕ سان تمہِ زبانۍ ہنٛد بولن وول کام ہیکہِ کٔرِتھ تیوٗت ہیکہِ نہٕ بیٚیہ کانٛہہ زبان بولن وول کٔرِتھ۔ مگر تمیُک مطلب گوٚو نہٕ زِ اَسہِ کرٛو تِہنٛد دیت نظرانداز، خاص کٔرِتھ جارج گرٛیرسنُن یموٚ نہٕ صرف کاشرِ بلکہٕ تمام ہندستانۍ زبانن پیٹھ قابلِ فخر کام کٔرۍ۔

وُہمہٕ صدی ہنٛدِس دوٛیمس حصس منٛز وُتھۍ خوش قسمتی کنۍ واریاہ کاشرۍ لِسانی ماہر یموٚ ینہٕ ماجہٕ زیوٚ ہنٛدِس لگ بگ پرٛتھ کُنہِ پہلوٗس پیٹھ ہاوِنۍ تہٕ باونۍ لایکھ کام کٔرۍ۔ یمن سارنے اُدیبن، تحقیق کارن تہٕ لِسانیاتی ماہرن منٛز چھہٕ سرِفہرس پروفیسر اومکار ناتھ کول۔ یہٕ اوس دِلس

کیٚنٛہہ تام رٕنۍ کرٕنۍ تہٕ کیٚنٛژھاہ کاشرِ زبانۍ ہنٛز خوش قسمتی زِ کول صاب آیہٕ ہاداںہٕ عملس منٛز بالکُل صحیح وقتس پیٹھ۔ کشیر، آگرٕہ تہٕ امریکاہس منٛز تالیم حاصل کٔرِتھ پتہٕ سنبھول تمو ۱۹۷۱ء منٛز میٚسور یالاہس منٛز واقع شمالی زبانن ہنٛدِس علاقایی مرکزس منٛز پرنسپل سندِ عہدٕ۔ تمہِ پیٹھہٕ از تام چھُ تہٕ یمو قلم پھیرتہٕ یہٕ کیٚنٛژھاہ تہٕ یمو یتہِ منٛز لگ بگ پنٛژہن (۲۵) وریین منٛز لیوٗکھ، تہٕ چھُ تہٕ پرن والین نشہ کھنٛڈتھ۔ بیتہِ لس یہٕ سورے پھرن چھُ نہٕ میون یرادٕ تہٕ نہٕ چھُ یہٕ ممکِن البتہٕ کرٕ بہٕ ژھوٚٹۍ پاٹھۍ کاشرِس لِسانیاتس پیٹھ تِہنٛد دیت موضوعس پیٹھ کیٚنٛہہ موٚچہِ موٚچہِ کتھہٕ۔

پروفیسر کول سٕنٛز گوٚڈنیُک کِتاب "LINGUISTIC STUDIES IN KASHMIRI" چھپیہ یہٕ ۱۹۷۷ء منٛز۔ امکِ خاص تہٕ اہم موضوع آسۍ نوٗن فریز، ایڈجیکٹو فریز تہٕ وٕرب فریز۔ یہٕ آس کاشرِس مُتعلق پروفیسر کاچرو سٕندِ پتہٕ دوٛیم اہم کوشش۔ یتھ منٛز زن لِسانیاتی علمہٕ کاشرِ زبانۍ پیٹھ وَرتاونہٕ آو۔ امہِ پتہٕ کٔرِ کول صابن امریکی ماہرِ لِسانیات پیٹر ہُکس سٕتۍ میلتھ ۱۹۸۴ء منٛز "ASPECTS OF KASHMIRI LINGUISTICS" ناوِچ اَکھ

کِتاب اپڈیٹ۔ اَتھ کِتابہِ منٛز آسہٕ ہیٚنٛدلوٗ پرٛچھ علاوٕ مشہور لسانیاتی ماہر لوٗکَن زِخارِین، رُتھ لیلا شمتھ، اشوک کیلکر، کے، وی سُبارائو تہٕ پیٹرہُک، ہینٛزِ ادیبَن ہِندی مقالہ۔ چونکہ پروفیسر کول رُوٗدی شمالی علاقٲیی زبانَن ہِندِس مرکزس سٟتی واریاہن وَرین منسوٗب یمو چھپاوِ کاشُر بحیثیتہ دوٚیِم زبان ہیچھنٕ والین ہِندِ خاطرٕ واریاہ کِتابہٕ یمَن منٛز ۱۹۸۵ء منٛز چھاپنہٕ آمٕژ "AN INTENSIVE COURSE OF KASHMIRI"، تہٕ "AN INTERMIDIATE COURSE IN KASHMIRI" ناوٕ ہینٛس لایکھ چھے۔ انٹینسِو کورس کِتابہِ منٛز چھِ مقالَن ہِندِس طرزس پیٹھ عام بول چالہِ ہِندی سَبق لیکھنہٕ آمٕتی۔ گرٛامَر چھُ تتھ حسابس منٛز استعمال کرنہٕ آمُت زِ شوٗرُوٚکین سبقَن منٛز چھُ سَہل تہٕ آخری سَبقن منٛز مُشکِل گرامری قاعدہ۔ پرٛتھ سبقہٕ پتہٕ چھے ورتاوٕ تہٕ ہیچھنہٕ خاطرٕ الگ تہٕ بیٚیار مشقہٕ دِنہٕ آمٕژ۔

یِمَن دوشوٗنی کِتابَن منٛز چھے تیٚژ ڈرِلہٕ کیٚنہٕ مشقہٕ زِ پرَن وُول چھُ آسانی سان رِیاض کٔرِتھ ہیٚکان تہٕ زبان ہیچھان۔ اَتھی طرزس پیٹھ چھے یِہنٛز بیاکھ کِتاب "A SPOKEN KASHMIRI" ۱۹۸۷ء منٛز لیکھنہٕ آمٕژ۔ یہ تہٕ چھے غٲر کاشرٕ ہِندِ خاطرٕ لیکھنہٕ آمٕژ۔

پروفیسر کول سٕنٛز حال حالے چھپیمٕژ بیاکھ شہکار کام چھے "کشمیری اے کاگنٹو، ڈسکرِپٹو گرامر "KASHMIRI A COGNITIVE DESCRIPTIVE GRAMMAR" یہ کِتاب چھے مشہور پبلشر رُٹلج والیو چھاپمٕژ۔ امہ کِتابہ ہنٛز دوٚیِم لُکھاری چھے سری کیوز یونیورسٹی ہنٛز پروفیسر کاشی والی، یِوسہ کاشرِس پیٹھ ہتہٕ مہوٕ دہوٕ وریو پیٹھ کام کران چھے۔ یِتھ کِتابہِ منٛز چھُ کاشرِ گرامرُک مکمل استعمال کرنہٕ آمُت خاص کر جُملہ بندی ہِند۔ کاشرِس لِسانیاتس متعلق چھے یہ اکھ میلہ پٔٹ، یُس پروٚنہٕ کُن کاشرِس پیٹھ کام کرَن والین ہِندِ خاطرٕ وَتہٕ ہاوُک بنہِ۔

یمو کِتابو علاوٕ چھِ کول صابن بے شمار مقالہ کیٚنہٕ پرٛچھہٕ کاشرِس لِسانیاتس پیٹھ لیکھی مٕتی۔ یم مُلکہٕ کین مختلف جرنلَن تہٕ میگزینَن منٛز چھپیے مٕتی چھِ۔ کاشرِ لِسانیاتُک چھُ نہ شہ کانہٕ پہلوٗ یِتھ پیٹھ نہٕ یِمو لیوٗکھمُت چھُ۔ "اے ڈکشنری آف کشمیری پراورِبس" چھے یِہنٛز بیاکھ شاندار کِتاب۔ یہ چھے کاشرٕ ہِنٛزن محاورَن ہنٛز اکھ جان سومبرن۔ اَتھ چھُ انگریزی پاٹھی ترجمہ علاوٕ انگریزِ لیس منٛز ہوٚ ہوٚ محاورٕ تہٕ دِنہٕ آمٕتی۔

کاشرِ لِسانیاتہٕ علاوٕ چھے پروفیسر کول صابن پنجابی، ہندی، اردو تہٕ واریاہن جنوٗبی ایشیاچن زبانَن منٛز تہٕ کام کرمٕژ۔ یہ چھے فخرچ کتھ زِ پروفیسر کول چھُ وٕنیکس مُلکہٕ کین مشہور لسانیاتی ماہرن منٛز گنٛزرنہٕ یِوان۔ یم چھِ از کل ہِندستانی سوسایٹی ہِندی صدر زبان چھے زبان بولن والین، ادیبَن، فن کارن، ماہرن، قدر دانَن کیٚنہٕ پننہٕ ماجہ زٕلوٕ لول بَرَن والین ہِندی کِنہٕ رٔٹتھ کھسان تہٕ دُنیاہس منٛز مشہور گرزھان۔ کاشرٕ زبان چھے خوش نصیب زِ پروفیسر کولس ہیوٚ ادیب کیٚنہٕ زبان دان چھِ امکی باغوان تہٕ راچھ دَر۔ اَسہِ ہیکو بڈٕ فخرٕ تہٕ اعتماد سان وٕنِتھ زِ یُس مقام مہجورَس کاشرِس ادبس منٛز چھُ سُے مقام چھُ پروفیسر کولس کاشرِس لسانیاتس منٛز۔

---

★ ایڈوایزر ہیومن ریسورسز ڈپارٹمنٹ آف
کلچر انڈیا۔

ڈاکٹر پی اُما رانی*

# کول تہٕ کاشرِنِک کمپیوٹر پرٛوجیکٹ

یہ آس محض کاشِر زبان تہٕ امِہ چہِ لسانیاتی خصوصیژ یِمو بہٕ پروفیسر اومکار کولس نزدیک اَنِس۔ بہٕ زانکھ یِم تہٕ مٕہ ترینیو وُری یُو پیٹھٕ۔ کاشِر زبانٕ اکھ یُژھ دار رُو تہٕ عملا کرُن چھُ یِہُند اکھ موٗلُل خاب۔ یِہنٕز اکھ اہم کام چھےٚ کاشرِ ٕک مکمل گرامر۔ یہ چھےٚ بین الاقوامی سطحِ پیٹھ کام تہٕ امہٕ سۭتۍ میلہِ کاشِر زبانٕ لسانیاتی دُنیاہس منٛز اکھ خاص جاے پراونس منٛز دوٗر ڈوٗکھ۔ امہِ گرامرٕ سۭتۍ چھُ کاشِر زبانٕ مُتلق لسانیاتی ماہرن ہنٛز دِلچسپی بڑے منٛز۔ بہٕ تہٕ گیس امہ کامہ سۭتۍ مُتاثر

پروفیسر کولس چھےٚ روایتی لسانیاتہٕ علاوٕ دۄیمین موضوعن سۭتۍ تہٕ دِلچسپی۔ یِہُند اکھ موٗلُل شوق چھُ اَندی ٹیکھی جدید تکنیکی ڈیولپمینٹس سۭتۍ تیکُن تہٕ تمیک فائدٕ تلُن۔ یِمن چھےٚ کمپیوٹر پروگرامن منٛز سیٹھاہ دِلچسپی اَمی کِنہ کوٚر یِمو فیصلہ کاشِر گرامرُک اکھ مکمل کمپیوٹر پروگرام بناونُک۔ یِمو بنوو اَتھ مُتلق اکھ پروجیکٹ تہٕ مےٚ دِژُکھ دعوت اَتھ منٛز کام کرنٕچ تکیازِ مےٚ آسی حال حالے تامل زبانٕ مُتلق کینٛہہ کمپیوٹر پروگرام باعمل اَنِمتۍ تہٕ مےٚ آس کمپیوٹرکین



کول صاب ڈاکٹر کاشی والی تہٕ ڈاکٹر پی اُما رانی سۭتۍ

جدید ترین صلاحیتن ہنز واقفیتھ ۔ پروفیسر کولن شوق
وُچھتھ تہٕ امہ پروجیکٹک اکاڈمک ولقار وُچھتھ کرمے اَتھ
پروجیکٹس منز کام شوروع ۔

کاشُر زبانِ تہٕ گرامرس متلق کمپیوٹر پروگرام بناونہٕ
چھہ واریاہ فایدٕ ۔ یہ پروگرام ہیکہٕ استعمال سپدتھ کاشُر زبانِ
یا غار مُلکی زبانِ طور ہیچھنہٕ تہٕ ہیچھناونہٕ خاطرٕ ۔ یہ ہیکہٕ
استعمال سپدتھ کاشُر زبانِ ہنز صرفی تہٕ نحوی سطحن
پیٹھ وِیترٕ ھناونس منز ۔ امہِ زبانِ ہندی آٹومیٹک ٹیگ
(AUTOMATIC TAGGS) بناونس منز ۔ امہِ گرامہٕ
کہ پروپراگرامہٕ ہیکہٕ مختلف قسمچہٕ ڈکشنری بناونس منز
مدد میلتھ ۔ کاشرس رسم الخطس متلق ہیکہ سپیل چک
(SPELL CHECK) بنتھ وغارٕ ۔

یتھ پروجیکٹس پیٹھ چھہ از کل زور شور سان کام چلان
امہ کمپیوٹر پروگرامک گوڈنیک ایڈیشن گژھ ییمہ ؤری یہ
کس آخرس تام تیار ۔ پروفیسر کولن چھہ اکھ منصوبہ
بنوومت ۔ یتھ تحت کاشُر گرامرک یہ کمپیوٹر پروگرام
ییہ انٹرنیٹس "INTERNET" پیٹھ رائج کرنہٕ ۔
تاکہٕ ہندستانہٕ علاوٕ ہیکن دُنیاہس منز لسانیاتی
ییتیارٕ کاشُر زبان مقبول بناونہٕ خاطرٕ تہٕ لسانیاتی ماہرن
ہُند توجہ اَتھ زبانِ کُن پھرنس منز روزِ یہ کوشش سٹھاہ
اہم ۔

کاشُر زبانِ ہندِ خاطرٕ پروفیسر کولنی اژھینی ماے تہٕ
محبتھ نظرتل تھاوِتھ تہٕ جدید کمپیوٹرس متلق تہنز دلچسپی
وُچھتھ چھے مے پورٕ ووہ میدٕ زِ کاشُر زبانِ متلق
کمپیوٹر پروگرام پروجیکٹ گژھ کامیاب تہٕ اتھ پروجیکٹس
منزٕ ن کاشُر زبانِ ہندی باقے ڈُکی درتہٕ حصہ مے
چھنے یمہٕ کنھ منز خوشی زِ مے میڈا پروفیسر کولس
سے تہٕ تَر کام کرنک موقہٕ ۔ ●●

★ سی آئی آئی اہل ، میسور ۔

## بقیہ نذیر احمد دار

پہلو یعنی ساختیات ، صوتیات ، ، ایفیمیات بیتر پہلو
پرکھاوتھ کاشُر زبان نہ عاشعری سطحس پیٹھ پیشہ آفاقی
تربیت بدِکڈِنیچ کوشش کرمژ ۔

پروفیسر کولن چھہ کاشُر زبانِ لوچھر دِنہٕ خاطرٕ انتھک
خدمت انجام دِژمژ ۔ مختلف تصانیف شایع کرنس سُتی سُتی
کُر پروفیسر موصوفن کاشُر زبانِ پیٹھ کینہہ مباحثہ پروگرام
تہٕ منعقد یمن منز " کاشُر لسانیات تہٕ تدریسی اصلاح "،
ہش کل ہند کانفرنس قابلہ ذکر چھہ ۔ سنہ ۱۹۷۹ء دوران
پٹیالہ ہس منز منعقد سپدیمژ اتھ کانفرنسہ منز آیہ نہ فقط
ملکی بلکہ بیرونی ملکو پیٹھ تہٕ ماہر لسانیات کاشرس لسانیاتس
متعلق مقالہ پرنہٕ ۔ کاشُر رسم الخط کمپیوٹرچ کمپیوٹر فلاپی
تیار کرنس منز چھہ پروفیسر کولن براہ راست اتھہ رُٹ کورمت
تہٕ یہ اہم پروجیکٹ ہیوکھ C-DAC یونیورسٹی پوناہس
منزٕ تہٕ کامیابی سان کور مکھ مکمل ۔ ●●

مہ کھال احسانچ منت ہژ پانس
یہ چھے طوتے عتولامی بے زبانس
منت گیہ قرق کر پننس دماغس
منت گیہ ڈڈھ پیوَن سرسبز باغس (آفاق)

ڈاکٹر وجے کمار کول*



# اِفیکٹِو کمیونکیشن سکلز

تھنہ پینہ ہیتے چھُ انسان پننس اُندی ٔکیس سیتۍ زبانۍ ہندی ذٔسۍ زان پہچان کرنہٕ ہوان۔ اُسۍ نمون اَکھ کاشرۍ یمو کاشُر بحیثیتہِ مادری زبان ہیچھمُت۔ آسہ ہرگاہ سہ بوٚڈ گژھتھ بییہِ کانٛہہ زبان ہیچھِ باقے سہ کوتاہ تہٕ پارم یا انگریزی تہٕ وَرتاوِ توٚتہٕ سوٚچِہ سہ ہمیشہ کاشرِ پاٹھی۔ خاب وُچھِ تہٕ پننہِ مادری زبانۍ منز تہٕ ہرگاہ زانٛہہ کانٛہہ ہیٹھ اوٚنگجہِ حساب پننس کرُن تہٕ فوراً واتہٕ پننہِ مادری زبانۍ پیٹھے۔ یم چھِ کیٚنہہ حارَتھ انگیز لسانی پزر۔

آمدم بر سرِ مطلب تہٕ زن گوٚو یہِ وَنُن گژھہِ نہٕ ہرگز مبالغہ زِ ڈاکٹر اومکار ناتھ صابن کوٚر کاشرِ زبانۍ پیٹھ تحقیقس تہٕ تدریسس وقف۔ کاشرِ زبانِ قومی تہٕ بین الاقوامی سطحس پیٹھ بارسس اَنہٕ لس منز یم دۄ راتھ محنتھ ڈاکٹر کول صابن کٔرۍ تتھ پیٹھ واتہٕ پٔرتھ کاشرِس فخر کرنس سیتۍ سیتۍ تسلیم خم تھاوُن۔ مے چھُ یاد ییلہِ لگ بگ باہ ترٛواہ ؤری بروٚنٛہہ میہٕ تمن سٕتۍ کام کرنُک شرف حاصل سپُد۔ مے وُچھ تم پننِ دۄہہ راتھ اَتھ متبرک کارس منز لگاوان۔ اَمہِ مزیدِس اَتھ روٚٹ تِم نوجوان لسانی ماہرن کران رٕوٚدی سہ چھُنہٕ

مُشراوُن لایق۔ یہِ چھُ میانۍ خوش نصیبی زِ از آو مے اَکھ موقعہٕ تمن متعلق لیکھنُک۔ حال حالے چھُ مے تہنزِ کاشرین محاورن ہنزِ ڈکشنری پیٹھ رِدیو (REVIEW) لیوکھمُت تہٕ از چھُس بہٕ بییہِ تہنزِ اَکِس کتابہِ EFFECTIVE COMMUNICATION SKILLS پیٹھ اَکھ موختصر تبصرہ پیش کران۔ وۄمید چھم زِ یِس جلدٕ ڈاکٹر کول صابنِس اعزازس منز "باوتھ کلچرل سوسائٹی" چھپاوُن واجنِہ چھِ تتھ منز میانِس یتھ تبصُرس تہٕ جایہ رٹِہ۔

زیرِ تبصرِ کتاب چھِ ڈاکٹر کول صابن اَکِس ڈاکٹر کمل کمار شرماہس سیتۍ رٔلِتھ لیچھمٕژ۔ یہِ کتاب چھِ ۱۴۳ یَن صفحن پیٹھ مشتمل، امیک قیمتھ چھُ ۱۳۰، روپیہ تہٕ چھپین ؤری ۱۹۹۴ء۔ نئی دہلی۔ تہٕ یہِ چھِ ۱۹۹۴ اپس منز کریئیٹو بکس CREATIVE BOOKS ناوکِ دلہِ ہندی اَکی پبلشرن چھاپمٕژ۔

یمن سماجی پہلون ہندِ مے لسانیاتس سیتۍ واٹھ تھاوِتھ پیٹھ کنہ ذکر کوٚر تتھ چھِ لسانیات وَنان تہٕ اَتھ منز چھِ انسانی سماجس منز زبانۍ ہنزِ دِس درآزی یا

دست رس ڈاٹراوہٕ لوان۔ زبانی ہنٛد چھتے اکھ پہلو چھُ COMMUNICATION یا "باوتھ"۔ کینژو ماہرو چھُ اتھ زبآنۍ باوِچ گاڑی یعنی VEHICLE OF COMMUNICATION تہٕ ووٚنمت۔ یہ چھے زبانے یینمہ کہٕ زوٗرہ سیتۍ اکھ چاپلوس بڈِس افلاطونس تہٕ ڈُنہٕ چھُ والان۔ یہ تہٕ چھُ زبآنۍ ہنٛدِ زور زِ سیاستدان چھِ عوامس تیٚر کھیٚلین ہنٛدرِ پآٹھی پانس پتہٕ پتہٕ وتھ راوراوان۔ زبان چھِ تاریف تہٕ کرناوان تہٕ بیآزار تہٕ دیاوان گاہے اَسن کھنگال تراوناوان تہٕ گاہے اکی اَچھ اوٗش ہارناوان۔

کاشرِس منٛز چھُ اکھ محاورہ "زٔلو چھس ہلہٕ گنٛڈنۍ لایکھ"، کوٚو آکِس بجارِس چھُنہٕ آسہٕ منٛز راوِنس تہٕ اجازتھ۔ کاشرس منٛز چھُ زٔلوِ ہنٛد یہ زور سبٹھاہ برُونہہ پیٚزناونہ آمُت تہٕ یتھۍ ہی گنٛڈ تہٕ شار چھِ بارسس آمتۍ "وو ڈکرے یہ زلوزار مہ تہٕ دیاوتم بآزار" یا بقولِ شاعر "گلہٕ زلوِ منے گیم اوٗش وفہ تھم دٔریا وِنے کیاہ ......"

بہر حال حالے آو لسانیاتس منٛز زٔلوِ ہنٛدِ ڈسہِ شیچھ باوتھکس اتھی طور طریقس تہٕ تمہٕ کس اثرس بطورِ اکھ مضمون ووتھبوٗد یہٕ ییتھ زن کمیونکیشن سکل COMMUNICATION SKI-LLS یا "باوِژ بنٛدرتھل" ناو دِنہٕ آو۔ مضمونس لوٗگ زیادے پہن باو۔ تہٕ کیازِ باوتھ چھے انسآنی سماجک اکھ خاص پہلو۔

اَمہ مضمونٕچ زان آیہٕ خاصکر صنعتی ماداتس منٛز اکار بکار خاطرٕ تمہٕ شیطان وادٹیلی وِجنکرِ ایڈ آسن، صاحبہٕ کینٛہہ نچی پآپھر آسن یا کنن والین ہنٛز دلیلہٕ یا دعویٰ۔ ییتھ کنتھ بیٹھ آو ہناہ زیادے پہن زورِ دِنہٕ زِ ہر گاہ یہ باوتھ زیادے پہن اثر دار آسہِ تیلہ کیاہ گوو۔ باوتھ کیتھ ہیکہِ اثر دار آسِتھ یا بنِتھ ییتھ کتابہِ منٛز چھُ مصنفٕ وِلی ڈاٹر ووٚنمت۔

ڈاکٹر کول صابنہٕ یہ کتاب چھے اثر دار باوتھ EFFEC- TIVE COMMUNICATION SKILLS ڈاٹراوان تہٕ اَمکہ وِاراہ اَندرۍ سمجھاوان۔ حالانکہ اتھ کتابہِ منٛز چھِ آرگنایزیشنل کمیونکیشن (ORGANISATIONAL COMMN.) ہناہ زیادے پہن زور دِتھ ڈاٹراونہٕ آمُت مگر تۆہ تہٕ چھے یہ کتاب اکہ لوٗختہٕ دِماغٕ وویِد۔ اَسی چھِ یہ کیتھ اکثر نظر انداز کران زِ ہر گاہ اَسی میٚنین خیالاتن باوِنس منٛز تھیتھے ہنٛزِ بون کرو تہٕ اَسی چھِ اکثر تھقِس باوٕژرالس منٛز کھسان ییتہٕ پتہٕ کیتھ کرنس وارے چھُ روزان۔ تہٕ اَسہِ چھے گلہٕ زلوِ گژھان۔

مصنفو چھُ ییتھ کتابہِ منٛز باوتھ یانے کمیونکیشن بحیثیتِ اکھ نظام بدِ کوڈمت ییتھ منٛز کینہہ پآوِ کرِ چھِ مثلن باوِژ یا۔ کمیونکیشنس ژآر (SORTING) کرِنہٕ تہٕ ژآرتھ پننٛ شیچھ تیتھ پآٹھی باوٕنۍ ییتھ زن بوزن وول سُے اثر دِماغس زیٚنہِ یُس زن شیچھ وِنن وول باوُن آسہِ ییژھان۔ یہ شیچھ ہیکہِ عام تہٕ آسِتھ تہٕ خاص تہٕ۔ یہ ہیکہِ اکس خاص انسانس باپتھ تہٕ آسِتھ تہٕ ہماشما عوامس خاطرٕ تہٕ۔ یہ شیچھ ہیکہِ زبآنی تہٕ آسِتھ تہٕ غار زبآنی (NON VERBAL) تہٕ۔ مصنف چھُ یہ شیچھ باوِنس منٛز کینژن گنٛڈن ہنٛز تہٕ کیتھ کران یِم زن باوِژ اثر دار بناونس منٛز رکاوٹ ہیکن پآدٕ کرِتھ تہٕ یِم چھِ مثالہٕ پآٹھۍ، شیچھ وِنن وآلی سنٛد ژُو یہ۔ تسنٛز تالیم، ییتھ کال، پریشانی یہ تہٕ اعتقاد و غارٕ اثر دار باوتھ گیٚیہ سوٗ لیہ سہٕ زن ہر گاہ

یمن رکاوٹن ختم ہینکہِ نہٕ کرِتھ مگر توتہٕ ہینکہ کم از کم اتھ منٛز تفاوتھ کرِتھ۔

مصنف چھِ باوتھ اَکِس منظم صنعتی دٲیرَس منٛز دٲیرِ وِتھ ییکھان زِ عوامس ستی کتھ ہینکہ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ اثر دار کتھ باتھ سید کتھ۔ اَمِچ ٹاکارٕ مثال چھِ مصنف مُلاح نصرالدین سٕنٛزٕ دِوان ییتھ منٛز مسخری کرِتھ تہٕ مطلیح کتھ باوٕنہٕ چھےٚ یِوان۔ دَیان مُلاح نصرالدین آو اکِہ دۄہہٕ عوامس خطاب کرِتھ گرِہ تہٕ گرَ واجنہٕ ژُرِ ژھتس زِ تقریر کینٛہہ رٕوُد ؟ تہٕ مُلاح نصرالدینن وٚلی نٕنس زِ تِمیٚم خطاب رُود سارِوے کھوتہٕ زوردار: کوٚڈ نیک اوس شہ خطابس تمۍ کوٚر۔ تہٕ دوٚیِم اوس شہ لیٚس لوزن والین فکرِ تور تہٕ ترٛیِم اوس شہ لیٚس مُلاحن سۆنچمت اوس زِ ییتھ موقعس بیٚٹھ والہے تس وَنُن یہ مثال چھےٚ باوتھ کرِتھ کم از کم ترٛےٚ پہلو سمجھاوان۔

اَمہِ علاوٕ چھےٚ ییتھ کتابہِ منٛز اثر دار باوٕژ ـــــ

(EFFECTIVE COMMUNICATION)

ہٕنٛدِ کینٛہہ اصوٗل خاص کرِتھ گُنہٕ تہٕ منظم ورتاوس منٛز ہِٕدِ کٕڈان۔ تہٕ کیازِ باوتھ چھےٚ نہٕ محض لفظن ہٕنٛد ورتاو بَلکہِ چھِ اتھ منٛز اَچھن، اَتھن، وُٹھن، یا ساری بٲتھکی تاثر تہٕ شٲمِل۔ اَمہِ مزید چھِ مصنف بول چالِچ تلہٕ تراو، صفائی تہٕ بہاو وغارٕ چیزن بیٚٹھ تہٕ زور دِوان۔ اَتھ ستی چھِ مصنف عوامس یا سامعینن کُن دھیان تھاوُن تہٕ اہم مانان۔ یہ تہٕ چھِ دٲیرادان زِ سامعین کم تہٕ کیتھ گرتھن آسن۔ مصنفن ہٕنٛدِ حسابہٕ چھِ اکے زبان بوٗلَن

والیا اکی سماجکی دانشور بہتر ہن سامعین ثابتھ سیدان باوژ یا کمیونیکیشنس منٛز چھُ سامعینن ہٕنٛد اکھ خاص مقام۔ رُتی سامعین چھِ مطلیح کتھ لوٗنچہِ گَژھان۔ تمن چھےٚ صحیح وَتیچ تہٕ جایہٕ ہینٛز تہٕ پارٕ زان آسان۔ مطلبچہ کتھ ستی یہ کینٛژھا پیٚٹھ واتنِ تِم لوٗزان چھِ تِمچ چھِ تِم پانہٕ لوٗزِ شوژ کران تہٕ ژارٕ کرِتھ تراوان۔

سامعینن ہٕنٛد اکھ قسم چھُ تیتھ تہٕ آسان یمن زن غرض صرف خطاب کرن والس ستی چھُ آسان نہٕ کہ اتھ ستی زِ شہ کیاہ وَنہٕ۔ تِتھین حالتن چھِ مصنف STEREO TYPE ناو دِوان تہٕ مےٚ چھےٚ نہٕ اتھ باپتھ کانہہ تہٕ کاشُر اصطلاح میسر۔ تِتھین خطابن نہٕ چھِ ژار کرنہٕ پیوان۔ نہٕ چھےٚ اتھ منٛز کُنہٕ قسمٕچ کتھ وژھناونے یِوان تہٕ نہٕ چھِ مطلبے ژارٕنۍ پیوان۔ تِتھین سامعینن ہٕنٛد تنگ دِل یا وسیع دِل آسنچ تہٕ چھےٚ نہٕ کانہہ تہٕ فرق پیوان۔ مےٚ چھُ کٲشِر ہٕندِ ین یینہٕ نین گرٕلسی یا ین ہٕنٛدِ یتھے ہیوٗ سامعین آسنہٕ کنہٕ لوکچارُک اکھ واقعہ یاد پیوان۔ یہ واقعہ بیان کرنہٕ برونہہ چھس بہٕ تِمن ہٕنٛد معذرت خواہ یمن میانی یہ مثال بار گران گژھہ یہ چھےٚ تِمن نِدوٚہن ہنٛز کتھ ییلہِ بہٕ سیٹھاہ لوکٹ اوس تہٕ جناب شیرِ کشمیر آیہٕ سانِس اَکِس ہمسایہ گامس منٛز لوکن خطاب کرنہٕ۔ سانہٕ گامکۍ زَن وِنچہِ گیہ جناب شیخ صاٮ۪بن دیدار کرنہٕ یا خطاب بوزنہٕ۔ شامن آیہٕ یِم لوکھ والیس تہٕ سانہٕ گرِ کٲکی برزگن پرژھ اَکِس گرٕلسی باٲلِس زِ شیخ صاٮ۪بن کیاہ فرموو؟ گرٕلسی لوےٚ وۄتھس بُڑِتھ تہٕ بوٗلُتھ "ہے یہ وۄژنن تہٕ وۄژنن رتےٚ وۄژنن اَسہٕ

کٔرُس دُعاے خاطرٕ"

چنانچہ شیخ صاب یِہ وَنہٕ ہَن تہٕ تتھ ستۍ اوس تہٕ سامعینن خاص کرٕ میزبانن گژھُن یاین کانہہ تہٕ غرض تہندِ بابتھ اوس شیخ صابنہٕ ہِشہٕ شخصیتک دیدارے کافی مگر اَتھ دار یاوَتھ گیہ سوٚ لیوٚ سہٕ زن خیالن لفظن ہُند صحیح جامہٕ پٲراوِتہٕ یوٚزن والین ہیٚتھ کرِ نہٕ صرف پیش کرُنک انداز تہٕ یاوٕ ژھنڈرِ رِتی پہلو بلکہ تمہِ تہٕ جاے ییٚن اَتھ یعنی سامعین گژھن خطاب بوزِتھ سوچنس تہٕ کنھن ہندس تھس سنن۔ سوٚ گیہ اَتھ دار یاوَتھ۔

مصنف چھِ بوٚلنک تہٕ لیکھنک کمیونیکیشن دٲیراوان تہٕ وَنان زِ ہرگاہ یہ کمیونیکیشن پُراثر بناوُن آسہِ تمہِ بابتھ واتن گوڈے کینہہ اقدام کرنہٕ مثلاً گوڈٕ خطابچ تیاری پیش کرنچہ اندازچ تیاری تہٕ وقتک موٚل زانِتھ تمیُک صحیح استعمال کرُن۔ مثالہٕ پٲٹھۍ چھِ مصنف وَنان زِ آسی چھِ عام میٹنگن ہنزٕ منٹس لیکھنس منز گژھنہٕ وادِ لاگان۔ ہرگاہ گوڈے سارے تیاری یہ آسن کرِتھ یہ کام سیدٕ کم وقتس منز تہٕ زیادٕ جان پٲٹھۍ۔ یِم اقدام دٲیرادنہٕ بابتھ چھِ کتابہِ ہُند اکھ حصہ مُشتمل کرِنہٕ آمت

کتابہِ ہُندس حِصس لیش دفتری خط وکتابت یا —— (OFFICIAL COMMUNICATION) دٲیراوان چھُ۔ چھُ سٹھے موٚلُل اَمہِ علاوٕ چھِ بولہٕ ونہٕ تہٕ لیکھونہٕ یاوَتھ تہٕ تمکۍ زور ور تہٕ کمزور پہلو تہٕ بدکڑہٕ آمتۍ۔ بولہٕ نکس کمیونیکیشنس ہرگاہ آسی لیکھہٕ متس ستۍ مقابلہ کرو۔

فکرِ چھُ تران زِ لیکھمت کمیونیکیشن چھُ زیادے پہن خاص آسان یتھ منز زن بیٹھِ واتِ کنھن ہنزِ کانہہ گنجایش چھنہٕ آسان۔ مگر یہ ہیکہِ نہٕ بولُن کمیونیکیشن ہیوٚا اثر دار آسِتھ تہٕ کیازِ اتھ منز چھِ یِما شمٲ سامعین نظرِ تل تھاونہٕ یوان تہٕ اَمہِ موکھ چھِنہٕ اتھ کینہہ پابندی یہ تہٕ آسان۔ دفتری کمیونیکیشن چھُ اکھ حسابک منجمد کمیونیکیشن مانہٕ آمُت۔ مصنف چھُ مشورٕ دِوان زِ دفتری کمیونیکیشن گژھِ بلکل سادٕ تہٕ سیدِ سیوٚد آسُن۔ کتابہِ ہندس یتھ حِصس منز چھِ وارٕ وارٕ طریقہ تہٕ تربیتھ دٲیراونہٕ آمژ

کلس پیٹھ چھِنہٕ یہ کتاب سٹھے جان پٲٹھۍ تہٕ ترتیب وار لیکھنہٕ آمژ تہٕ اتھ منز چھِ سرکٲری، آرگنایزیشنل تہٕ اقتصادی کمیونیکیشن ہی پہلو کل تہٕ حسبہِ ضرورتھ — ویژھناونہٕ آمتۍ۔ یہ کتاب چھِنہٕ منتظمین، سرکٲری افسرن، خاص کرِتھ صنعت وحرفتس ستۍ تعلق تھاون والین ہندِ بابتھ سٹھے کارآمد۔ عام پرن والین ہندِ بابتھ تہٕ چھِنہٕ یہ کتاب سٹھے مُفید تہٕ دلچسپ۔ ●●

★ لیکچرار شعبہ لسانیات، ساوتھ گجرات یونیورسٹی سوٗرت۔ ●●

کٲشُر پٔرِو تہٕ لیکھِو۔ یہ چھےٚ
کٲشرِ ہنز پہچان، نٔتہٕ بنِہ
پَتھ شوبس منز چاری۔ کٲشرِ
دراے دَنہٕ وِنہٕ کانہہ تہٕ ہُر کٲشُر۔

ڈاکٹر رتن لال تلاشی



# دردِستان رِوزِٹڈ — اکھ سام

پروفیسر اومکار این کول سُند تحقیق تہٕ مطالعہٕ چھُ مختلف زبانن تہٕ تِہندین مختلف ادبی پہلوٗون وِ حاطہٕ کران۔ ہِندی، اردو، پنجابی یا کٲشُر آسی تن یمن زبانن ہندس مطالیاتس چھُ کول صابن زِنگہٕ رنگہٕ دیت۔ یتھ پاٹھۍ ہیکوٕ تسٕنز عالمانہٕ شخصیتھ کُنہٕ اَکِس زبٲنۍ سیتۍ وابستہٕ کٔرِتھ۔ امہ پوز تہٕ کٔرِتھ تہٕ چھُ تِہندِس مطالس منز کٲشرِ زبٲنۍ ہند تہٕ مقابلتن گوٚنۍ یہن۔ کٲشُر ادب وہ پرٕ زبانن منز متعارِف کرنس تہٕ ملکی کیٚو عالمی سوٕتھرس پیٹھ موجوٗد دورس منز کٲشرِ زبٲنۍ ہنزن مختلف مطالیاتی سرگرمین منز چھُ اکہٕ نتہٕ بیٚیہٕ زنگہٕ تِہند دخل۔ کول صابنۍ تخلیقی تہٕ ادبی تحریہٕ اوکطرف ترٲوِتھ ہیکوٕ اَسی تسٕنز لسانیاتی کامہِ دوٚن ورگن منز باگرِتھ۔ اوّل یِمہٕ لسٲنی ورگہٕ بلگے متلق چھےٚ تہٕ دوٚیم یِم کٲشرِ زبٲنۍ ہندِس گرامری کیٚو صوتیاتی مطالس متلق چھےٚ۔ دوٚیمہٕ ورگچہٕ کامہٕ تہٕ چھےٚ دوٚن قسمن ہنز۔ اوّل یِم محض تحقیقی نوٕعیتچہٕ چھےٚ، دوٚیمہٕ یِم تدریسی نوٕقطہٕ نظرٕ کِنی تصنیف کرنہٕ آمٕژ چھےٚ۔ یتھ موختصر مقالس منز یِمن سارِنے کامین اللہ کھوٗل کرُن چھُ ناممکن تہٕ تہٕ نامناسب تہٕ۔ امہ سبہ تھاوِ بہٕ پنُن قلم صرف تِمن کامین تام محدوٗد یِم لسٲنی ورگہٕ بلگے متلق چھےٚ

لسٲنی ورگہٕ بلگے ہُند موضوٗع چھُ کُنو ہمہ ضدی پیٹھے ملکی کیٚو پرٕملکی عالمن ہُند دِلچسپ موضوٗع روٗدمت۔ گریرسنس پیٹھ مورگینسٹرینس تام الہ پلہٕ سارِنے عالمن ہُند تحقیق چھُ کلس پیٹھ زرایہٕ پرٕوٕہہ کٔرِتھ اَنان۔ اکھ یہ زٕ کٲشُر زبان چھےٚ تِمہٕ دردی گرُپچ زبان یُس ہند آریٲئی تہٕ ایرٲنی زبانن منز باگ اکھ الگ گرُپ چھُ دوٚیم راے تھاوان وٲلۍ چھِ دردی زبانن تہٕ ہند آریٲئی زبانن ہند اکھ سب گرُپ مانان۔ یِمن نِش چھےٚ درد اکھ جغرافیٲئی اصطلاح نہٕ زِ لسٲنی اصطلاح

لسٲنی ورگہٕ باگے متلق کول سُندی خیال چھِ تسٕنزن کینژن تصنیفن منز کُنہٕ کُنہٕ ڈرِپنچھ گژھان۔ امہ پوز "دردِستان رِوزِٹڈ" ناوی مقالہٕ چھُ اَتھ متلق مفصل مقالہٕ۔ یہ مقالہٕ چھُ ڈاکٹر کول تہٕ ریوتھ شمتھ یِکہٕ وٹہٕ لیوٗکھمت۔ مقالہٕ چھُ ۱۹۸۴، یُس منز چھپیمٕژ "آس پیکٹس آف کشمیری لنگوِسٹکس" ناوی کتابہِ منز تہٕ شامل۔ مقالہٕ نِگار چھِ نہٕ اَتھ منز کٲشرِ زبٲنۍ ہنز لسٲنی ورگہٕ باگے

متلق کاہنہ نوو نظریہ پیش کران نہ چھ بیٹھ کنہ دینہ آمژن دوون
راین منز کنہ اکس ستہ تہ ہتھ فی صد متفق باسان۔ بزرچھ یہ
زِ مقالہ نگار چھ نہ گریرسنس ملے رد کران تہ نہ چھ کاشر زبانہ
ہند آریایی زبانن لر لور تھاوان بلکہ چھ مقالہ نگارو اتھ موضوعس
پیٹھ کرنہ آمتس مطالس مولا نکون کرتھ تہ امیک چھوت
کرہمن نون کڈتھ یہ موضوع ونہ تہ بحث طلب قرار
دیتمت۔

گریرسنس پیٹھ مورگینسٹرنیس تام یہ کینژہ مطالہ کرنہ
آمت چھ تمہ چھےیہ زری کیہنہ نتہ کیہنہ پرگی۔ باضے چھ اتھ منز مناسب
سوادرپچ ورتہ چھے تہ باضے محققانہ سنجیدگی ہند زھرہ برلبنہ
یوان۔ چناچہ یم بیشتر محقق آسی غار وطنی یمن نہ امہ علاقہچ ین
زبانین ہندین زاو جارن ہنز سرزنزان آس۔ امہ کنہ ہند
احساس چھ یمن عالمن پانس تہ۔ توے چھ مورگینسٹرین
اتھ ساری سے ورگہ باگے تانہ تانہ ہتھے مانان (انسائیکلو پیڈیا
آف اسلام صفحہ ۱۶۴)۔

دردستان رِوِرنٹ مقالکو مقالہ نگار چھ امہ ساری کامہ
ہندس اکس اہم نوقصس کُن اشارہ کران۔ تہند ونن چھ زِ
دردی زبانن ہُنس پہاڑی علاقہ باگہ آمت چھ تم چھ امہ کِس
مطالس منز کینہ مُطر پاد کری مہتو۔ یہ چھ صحی زِ اتھ علاقس
منز بولن ینہ واجنہ زبانہ چھے گرنز موجب کہے۔ اکہ علاقہ بیٹھ
بیئس علاقس تام کھلہ ڈلہ آمدرفت نہ آسنہ سبہ چھ مختلف
بولین ہندس تلہ تراوس تہ اہمس منز کم کاسہ بینبر۔ اکثر ورگب باگے
کرن والیو چھے یہ کتھ نظر انداز کرتھ کنہ پہاڑی کھوہ منز آج
بونہ تہ الگ تہ آزاد زبانی ہندناو دتمت۔ باضے چھے جاینہ دس
پیٹھ تہ کانہہ نوولی الگ زبانی ہند ختر یہ تہ گنزراونہ آمژ۔ اتھ متلق
چھ کول تہ شمتھ کیہنہ مثالہ تہ دوان۔ یہنز ذکر تہ تیمن ضرورزی
چھے۔ مثلن کینژ محققو چھے کوہستانی شنا اصطلاح تمن
بولین ہند خاطر ورتاو کرمژ یم چلاس کہ جونو بہ پاسہ سندھ
علاقس منز بولنہ یوان چھے۔ اتھ زبانی چھے پانژھ وکھر وکھر بولہ
تہ لونچہ گنڈنہ آمژ۔ یمو منز "بنٹوریچ" تہ اکھ چھے۔ مقالہ
نگار چھ نہ اتھ بولہ شنا مانان۔ مختلف محققو چھے یہے
کوہستانی موہرتمن زبانن تہ لگاو کرمژ یم سندھس بیئہ پاسہ
غار شنا بولہ چھے۔ یم چھے اکثر میاں بنکارک تہ توراولی ناوو
زانہ آمژ۔ "بزوکیا" بولہ متلق تہ چھ کول شمتھ نوو قط نظر
پیتھے ہیو۔ بزوہیو عالمو چھے امہ زبانی ہند باشہ مادایخ
نشاندہی تیار کرمژ یہ پار مغربی تبتی بولہ بولنہ یوان چھے۔
"کول شمتھ چھ نہ بزوکیا کانہہ تہ لسانی اصطلاح مانان بلکہ
چھ اتھ یم اتھنوگرافک اصطلاح ناو دوان۔ بقولہ تہند چھے
یہ اصطلاح تمن شنا بولن والین ہند خاطر ورتاونہ یوان یم
تبتی زبانن ہندس باشہ علاقس نکھ چھ۔

شنایہ کاشر زبانی ہندس رشتس متلق چھ دردستان
رِوِرنٹ سروے منز دلچسپ بیان۔ بقولہ مقالہ نگار زِ
دوشونی ہند لقوبل کرنہ ورچھ باسان زیودوے شنا دردی
چھے تیلہ چھے کاشر بیئہ کیاہ تام یا اگر کاشر دردی چھے تیلہ
چھے شناہ بیئہ کیاہ تام۔ اماپوز تم چھ یمن زبانن درمیان
رلو آیتی طور گنزر نہ آمتہ صوتیاتی تہ مارفولاجکل ہشرتہ مانان
تہ ونان چھ زامی ہنسبتہ چھ یم مختلف تہ۔ کاشر زبانی
ہند SVO لفظ ترتیب پس اتھ ہند آریائی زبانن نشہ

الگ۔ سٹڈان، چھُ پرتھم بمانہٕ ہٕنٛدِ وضاحت ونہٕ رِژ ، چھُ یِم یہے رلے، دوان

زامہٕ خاطر گژھہٕ مزید مُطالہٕ کرنہٕ یِن یُتھ زِ یہٕ سرکھرسید زیم خوصوصیژ چھا پرانِس ہِنٛدِ ایرآنی آگرو ہیٚنٛھ دراہرٕ کنہٕ بییہِ کَمہٕ تام ازآنی آگرٕ ہیٚنٛھ۔

بہرحال چھِ کوٚل تہٕ شمتھ شناتہٕ کاشُر زبآنی منٛدِس ہشرس تہٕ بینٛرس مُتلق کیٚنہٕ نوٚ قطہٕ سرکھرکران یِمو منٛز کیٚنہٕ یِمن برٛونٛہہ میوٗ عالمو تہٕ وکھنٛا وکی متر چھہِ۔ ہشرکی نوٚ قطہٕ چھہِ یِم:۔

(۱) لفظہٕ چھلن ہنٛدرلوٚ حدوٚ نمبر تہٕ چھُ واولی آوازن متاثر کران۔ یہٕ خوٗلی چھُ الہٕ پلہٕ کاشِرِ زبآنی منٛز پرٛتھ بولہِ منٛز مگر سراج چھُ امہِ نِشہِ مُجھ۔

(۲) پرآنی ہٕنٛدِ آریآئی کانسونٛنتی ہیٚنٛگتھ "کرٕ" چھُ دوٚشوٗنی زبانن منٛز لفظہٕ اندس ہیٚنٛھ یوان۔ صرف چھُ کوہستی امہِ نِشہِ مُجھہٕ۔

(۳) ہکاری ٹھہرائو چھُ دوٚشوٗنی منٛز ختم سیدی متہٕ۔ یہٕ خوصوصیتھ چھُ کِشتواری تہٕ کوہستی منٛز تہٕ مگر پوگلی تہٕ سراج بولن ہٕنٛدین تابھو لفظن منٛز چھُ یہٕ کُنہٕ کُنہٕ دٕ ہینٛھ گژھان۔

(۴) دوٚشوٗنی ہٕنٛدِ پری ناوُت نظام چھُ الہٕ پلہٕ ہیٚو۔ اتھ منٛز چھُ اطراف تہٕ دوری ہنٛز ورگہٕ ہٕنٛدی۔ کاشُر تہٕ امچہٕ سراج تہٕ پوگلی بولہِ منٛز چھُ یہٕ ترٕ نیہِ انکانہٕ۔ شناہس منٛز چھہِ ترِلوٚ کھوٚ تہٕ زیادٕ ورگن ہٕنٛدی۔ صرف چھِ کوہستی منٛز دوٗرگی۔ اشارٕ پری ناوٕتی چھہِ آٹھن ورگن ہٕنٛدی

(۵) سارِنے زبانن منٛز چھہِ دردی آیہٕ لوٚت جا۔

دوٚشوٗنی زبانن منٛز چھہِ یِم کیٚنہٕ بھیر

(۱) تالیری خوصوصیتھ چھُ کاشُر زبآنی تہٕ امچن کیٚنٛژن بولن منٛز۔ شناہس منٛز چھُ (ما بولے دارسی) لفظکہٕ پتم داولی ژھوٚرٕ اوٚنہٕ یوان۔

(۲) کاشرس تہٕ امچہٕ پوگلی بولہِ منٛز چھُ منٛزم "ٕ" "تہٕ" "اٗ" بیتیر ژھوٗٹ واولی موجود۔ کُنہٕ تہٕ شنا بولہِ منٛز چھُ نہٕ یِتھ پآٹھی۔

(۳) پرآنی ہٕنٛدِ آریآئی کانسونٛنتی ہیٚنٛگتھ "ست" چھُ شنا زبآنی منٛز لفظہٕ اندس ہیٚنٛھ۔ کاشرس منٛز چھُ یہٕ نآز موجود۔

(۴) کاشرِ زبآنی ہٕنٛد لفظہٕ ترتیب چھُ وکھر۔

یہٕ چھُ حقیقت زِ ۱۹۴۷ء پتہٕ سیٚدِ دردستان مختلف سیاسی سرحدن منٛز تقسیم۔ یاتمہ سبہٕ یِمن زبانن ہنٛز آن ٹیاٹ شروے وارے مُشکِل سپنٛز۔ یہٕ کنتھ نظرتل تھاوِتھ یوٚدوے کوٗل تہٕ شمتھ سنٛدس موادس متعلق تہٕ زٕ رایہٕ آسِتھ ہیٚکن ، بڑ کنتھ چھُ نہٕ۔ مگر غور طلب کنتھ چھُ یہٕ زِ مقالس منٛز ییٚمہِ سنجیدگی سان اَتھ موضوعس ہیٚنٛھ مختلف مطالیاتی کاہین موٗ لانٛکون کرِنہٕ آہرٕ چھُ سوٚ چھُ پرِیمہٕ قالہٕ نگارن ہٕنٛدِ عالمانہٕ بترٕ ٹیکُ پے دِوان۔ یہٕ چھُ صحی زِ یِہٕ موضوع یُتھ تشنہٕ مقالکس ابتداہس منٛز باسان چھُ مقالکِس اَندس ہیٚنٛھ تہٕ چھُ تتھے زلہٕ وٗن۔ مقالہٕ نگار وچھُ نہٕ یا تہٕ کاہنہٕ حتمی فاصلہٕ دیتمُت بلکہِ سوٗے زگ یِژوٗن ترٛونٛہہ کُن اَنِتھ چھکھ اَتھ موضوعس نوٚسرٕ سِنٛچ ترٕ غاب دِژٕ مژٕ۔

••

---

سُے ہارسُے شرادُن تہٕ ماگ تمہٕ شرانہٕ ازچھنہٕ دِگرٕ ہٹی
ہُمہٕ کوچہٕ گلی یہٕ چھُے سوٗے ہٕر یہٕ گُھ چھون شہٕر یہٕ چھہِ میٚثون شہر

(آفاق)

ڈاکٹر الکا کلکرنی٭

# کول صاب ۔ مسوری منز سٕتھ وٕری

پرٛوفیسر اومکار کول رٲنٛدی لال بہادر شاستری نیشنل اکادمی آف ایڈمنسٹریشن مسوٗری منز جون ۱۹۸۷ء پیٹھٕ جولائی ۱۹۹۴ء تام۔ یِم آسی اکادمی منز ہندستٲنی زبانن ہنٛدس شوٗبس منز پرٛوفیسر تہٕ شعبکی صدر تہٕ۔

یٖنیاہ یِم اکادمی منز آیہ یِمَن زانہٕ ہے نہٕ کہنٛڈے مگر پننہٕ نہٕ محنتہٕ، خلوٗصہٕ تہٕ خوش دِلی سٟتی گٔیہ یِم کمٕسے کالس منز آفسرن، ٹرینرن تہٕ اکادمی ہندس سارِسے عملس منز مقبوٗل۔ یوٗت یوٗت وقتھ گُزرِیوٗ، یِہنٛز مقبوٗلیتھ تہٕ گٔیہ بڑان۔

یِمَن آسی ترٛے اہم شوق (1) جدید طریقس پیٹھ ٹریننگ دِنۍ (2) ریسرچ کرٕنۍ (3) اکادمی ہنٛزن سرگرمیَن منز حِصہٕ نیُن۔

ہندوستٲنی زبانن ہنٛدی پرٛوفیسر آسنہٕ کنہٕ یِنیاہ تہٕ یِمَن موقہٕ اوس میلان یِم آسی بڈ شوقہٕ سان مختلف زبانہٕ مثلاً ہندی اردوٗ، پنجٲبی تہٕ کٲشُر ہیٚچھناوان جدید طریقہٕ۔ یِمو زبانو علاوٕ آسی یِم مینیجمینٹس سٟتی وابستہٕ ترٛ خاص موضوٗع، کوٗمیونکیشن تہٕ ٹیم بلڈنگ پرناوان۔ یِم موضوٗع چھِ یِمَن سیٹھا ٹاکٹھی۔ یِمو کوٗر واریاہن تھٕدِ پایہٕ کِہن کورسن ہنٛد تہٕ اہتمام یِمَن منز سرکٲری تہٕ غٲر سرکٲری ادارن ہنٛدی اعلا افسر شٲمِل سپدِ کر

یِموٗ لیٖچھ یِمَن موضوٗعن پیٹھ کِتابہٕ تہٕ۔

ٹریننگ دِنہٕ علاوٕ رٲنٛدی یِم لگاتار ریسرچ کران۔ یِمو کٔرۍ ترٛے پروجیکٹ پوٗرٕ۔ یِمَن منز کٲشُر گرامر تہٕ شٲمِل چھُ۔ ریسرچہٕ کِس سِلسِلس منز آسی یِمَن نِش ہندستانہٕ کٕیو واریاہو حِصو تہٕ نیبرٕ میو مُلکو پیٹھ واریاہ سکالر یوان. ڈاکٹر کاشی والی، ڈاکٹر رُتھ شمت، ڈاکٹر پیٹر ہُک۔ ڈاکٹر ماریا نیگیشی۔ ڈاکٹر سمیکل۔ ڈاکٹر سمِتھ، ڈاکٹر آرلین زائیڈ تہٕ ڈاکٹر ہرمن وان اولفن وغارٕ شٲمِل آسی۔ پروفیسر کول آسی یِتہٕ نہٕ شوٗبہٕ کِہن باقے فیکلٹی میمبرن ریسرچ کرنس تہٕ تدریسی مواد تیار کرنس منز ہمیشہٕ مدد کران.

اکادمی منز چھِ آفسر ٹرینیز واریاہن سرگرمیَن منز حِصہٕ نِوان یِمَن منز جسمٲنی ورزِش، کھیلہٕ، گُرِ سوٲری تہٕ کلچرل پروگرام بیتر شٲمِل چھِ۔ پروفیسر کول آسی آفسر ٹرینیزن سٟتی گِندان۔ بالن کھسان تہٕ کراس کنٹری ریسہٕ منز حِصہٕ نِوان بیتر۔ دوٚیہٕ ترٛیہٕ لٹہٕ میلی یِمَن کراس کنٹری ریسہٕ منز ینامہٕ تہٕ۔ اکہٕ لٹہٕ نیوٗ یِمو فیکلٹی طرفہٕ پیش کٔرۍ مِتِس ڈراماہس منز تہٕ حِصہٕ

(باقی صد ٦٣)

ڈاکٹر نذیر احمد دار

# پروفیسر کول تہٕ کاشُر زبان

کاشُرِ زبانۍ پیٹھ لسانی تحقیق کرنہٕ خاطرٕ پروفیسر اومکار ناتھ کولن قلم دوہ تھٕنہٕ بروٚنہہ ییٚمی گریرسن، ایڈورڈن، کمن گھم، اشوک کلکرن، پروفیسر بی کاچرو تہٕ امہ مزید کینژو سکالرو کام کٔرمٕژ۔ یہ کیتھ چھے قابلِ ذکر زِ پروفیسر کولن کٔر کاشُر زبان جدید لسانی سائنسس منز ترٲوِتھ تحقیقی پیش رفت تہٕ امہ کِس لسانی دُنیاہس کوٚرُن پننی جاے منز مقام عطا۔ یہ وَنُن چھُ ضروری زِ جدید لسانی تصور چھُ دوٚن مختلف روایتن پیٹھ مشتمل۔ اکھ گوو آفاقی تہٕ دوٚیم ساختیاتی گرایمر۔ آفاقی گرایمرچ بنیاد روٗز یتھ نفسیاتی اصولس پیٹھ زِ انسانن ہنز ذہنی ساخت چھ ہم آہنگ۔ ووٚنۍ گو نمایہ لسانی عنصر یعنے نسل، رنگ، تہٕ علاقٲیی حدبندی چھنہٕ ذہنی عملہٕ متاثر کران۔ اکھ نُقطہ نظرس تحت چھِ ماہرِ لسانیات زبانن ہنز فی الجملہ خاصیژ تحقیق کران۔

پروفیسر کوٚلنی ابتدٲیی اشاعت "LINGUISTIC STUDIES IN KASHMIRI" چھے کاشُر زبان لسانی ماڈلس تحت پرکھاونچ تہٕ امِکہ ساختیاتی اصول تہٕ تہنز خاصیت قایم کرنچ اکھ کوشش۔ نوٚن چیپٹرن پیٹھ پھہلتھ یہ کتاب یوٚدوے تدریسی مقصدہٕ خاطرٕ لیکھنہٕ آمژ چھے مگر تحقیقی اعتبارٕ تہٕ چھے اکھ زبردس اہمیت۔ کاشُرِ زبانۍ پیٹھ امہ نوٚعیتک تحقیق چھُ بلاشک اہم تکیاز۔ کول صٲبن چھِ اکھ کتابہ منز کاشُر زبان گرامرکِس ہر سطحس پیٹھ پرکھاونچ کوشش کٔرمژ تہٕ امیُک فقری ساختی اصول قایم کوٚرمت۔

ابتدٲیی چیپٹرس منز چھُ پروفیسر کول اسم فقرٕ تفصیلی طورٕ ونٕژھناوان تہٕ کاشُرِ زبانۍ ہندی اسم فقرک ترٕنظمہ ترتیب ساں تحقیق کران تہٕ امہ کین نظمن ہندی بنیادی اصول قایم کران۔ یوٚدوے شوٚروٚس منز یہ اشارٕ کرنہٕ چھُ آمُت زِ اسم فقرس چھے کاشُرِ زبانۍ منز ترٕ قسمی ترکیب NUMBER, NOUN, DETERMINIER مگر بروٚنہہ کُن چھُ امیُک ترتھ کاہنہٕ عنصر مزید واش کڈان تہٕ امکِس آخرس پیٹھ چھُ اسم فقرک مکمل ساخت قایم کرنہٕ آمُت۔

دوٚیمِس چیپٹرس منز چھُ صفتی فقرک روٗداد بیان کرنہٕ آمُت۔ صفتی فقر چھُ دوٚن قسمن ہُند ہاونہٕ آمت۔ اکھ گوو تیٚتھ صفتی فقرٕ یُس اکس مُنفرد لفظس پیٹھ مشتمل چھُنہٕ تہٕ یہند معنہ بذاتِ خود صفتچ عکاسی چھُ کران مثلن موٚٹ،

کلوٗد تہٕ خوٗبصوٗرت، دوٗیمہٕ گرٛدیکی صفتی فقرٕ چھہٕ اسم
یا فعل پیٹھہٕ مارفیمیاتی تبدیلی سٟتی صفتی فقرٕچ صوٗرتھ
اختیار کران مثلن کھنٕ چھُ فعل تہٕ کھنٕ دول چھُ صفت۔
معاون (AUXILIARY) چھُ جملن منٛز اکھ واجبی عنصر
یُس گرامرچہٕ مختلف صوٗرژ مثلن زمانہٕ (TENSE) طرزِ
بیان (MODE) تہٕ صورتہٕ بیان (ASDECT) اظہار
کران چھُ۔ پروفیسر کولن چھُ کاشُر زبانٛی منٛز معاونی
عنصر پورٕ پاٹھۍ واضح کورمُت تہٕ جملن منٛز معاونی عنصرن
ہنٛز باقے عنصرن سٟتی مطابقت تفصیلی طور بیان کرٛمٕژ۔
فعلہٕ فقرٕ (THE VERB PHRASE) چھُ گرامرس منٛز
مرکزی حیثیت تھاوان تہٕ کاشُر زبانٛی منٛز فعلہٕ فقرک عنصر
چھُ پروفیسر کولن تفصیلی طور چھانٛڈ متی۔ پروفیسر کولن چھ
فعلہٕ خاص (MAIN VERB) بحثہٕ خاطرٕ گوڈ ترٛاوی متی
تہٕ یمن گردان کرٛمٕژ۔ فعلہٕ وصلی، فعلہٕ لازم، فعلہٕ متعدی
(TRANSITIVE VERB) فعلہٕ موجد بیٛون بیٛون پاٹھۍ
واضح کرِتھ صرف و نحوکس دٲیرس منٛز یمن عنصرن جملہٕ کین قسماہن
قسمن منٛز متعابعت یا مطابقت خاصیژن چھان ہین کرمٕژ۔
کاشرۍ سوالیہ جملہٕ چھُ مذکورٕ کتابہٕ منٛز وضاحتہٕ سان
ورتاونہٕ آمتی۔ پروفیسر کولن چھ وسیع سطحس پیٹھ کاشُر زبانٛ
ہندۍ دۄ قسمی سوالیہ جملہٕ وِژھناوی متی۔

رشتک زانٛہ دِجار، احترام تہٕ نظامت چھ کاشرس
ثقافتس منٛز اہم معنہٕ تھاوان تہٕ امیُک اظہار چھُ زبانٛی منٛز
یتھہٕ پاٹھۍ سپدان زِ ییٛرتھ کنہٕ رشتس چھ مخصوص اصطلاح
شعوری یا غار شعوری طور قایم سپدیمٕژ۔ یود وے
انگریزیس منٛز BROTHER-IN-LAW واریاہن رشتن
بند چھُ کران مثلن بینہٕ ہنٛد خانٛدار، سازٕچ ہنٛد خانٛدار،
زنانہٕ ہنٛد بوے بیتر، مگر کاشرس منٛز چھہٕ اکھ سکیلہٕ
پیٹھ ییٛرتھ کنہٕ رشتس بیٛون بیٛون اصطلاح یعنے ہاہر،
ییمہ، سابُو، یمن اصطلاحن چھُ زبانٛی منٛز ثقافتی حیثیت
سٟتی ساختیاتی خاصیت تہٕ۔ پروفیسر کولن چھُ زیر
بحث کتابہٕ ہندس اوٚکہٕمس چیپٹرس منٛز امیُک تفصیلی خاکہٕ
برونٛہہ کُن اوٚنمُت۔ فارسی زبانٛی سٟتی چھُ کاشُر زبانٛ
گہر ربط روٗدمُت تہٕ کاشُر زبانٛی منٛز اکس وسیع پیمانس
پیٹھ لسانیاتکس ہر کھ سطحس پیٹھ مثلن صوتیات، مارفیمات،
لفظیات بیتر فارسی زبانٛی ہند اثر تا کار پاٹھۍ نوٗن۔

پروفیسر کولُن لسانیاتی سفر روٗد پترٕ ہتو ترٛیو ؤری یہو
پیٹھہ برونٛہہ برونٛہہ پکان تہٕ اکھ دوران ہیٛتھ یہو واریاہن
لسانیاتی پہلوٗن سام۔ یوٚدوے گرامر یہند مرکزی موضوع
روٗد مگر صوتیات، مارفیمیات، کاشُر زبانٛی ہند معاشرتی
لسانی پہلو، کاشُر زبانٛی ہنٛد کلچرل ہی بیشتر موضوع روٗد
اکس تھدس علمی پیمانس پیٹھ زیر بحث۔ پروفیسر کولُن علمی
واسطہٕ تہٕ کاشُر زبانٛی سٟتی مالے چھے ییمہٕ سٟتی واضح سپدان
ییٛلہٕ تموٚ ١٩٩٦ء منٛز "KASHMIRI: A COGNITIVE
DESCRIPTIVE GRAMMAR" سرکیوز یونیورسٹی
منٛز اکس ریسرچ پروفیسر کاشی والی سٟتی رلتھ مرتب کوٚر۔ یہ گرامر
چھُ جدید طرزس پیٹھ تحقیق کرِتھ قلمبند کرنہٕ آمُت۔
٤٧٤ صفن پیٹھ یہ گرامر چھُ لسانیاتُک پرٛتھ کانٛہہ

(باقے صہ ٤٥)

ڈاکٹر محفوظہ جان



# کاشُر ریڈر۔ اکھ تبصرٕ

کتابہٕ ہُنٛد ناو : کاشُر ریڈر

مُصنف : ڈاکٹر اومکار ناتھ کول

پبلشر : ڈاکٹر ای۔ اناملاے، ڈائریکٹر CIIL

پرنٹر : ایم۔ ایس۔ بسواس مینیجر

چھاپنُک وری: مارچ ۱۹۹۵ء

قیمت : ۵۱ روپیہ

کل صفحہ : ۹۵

کتابہٕ منٛز کل عنوان : ژوُوُہ

کتابہٕ ہٕنٛز زبان : کاشُر

یہ کتاب چھ ہندوستانکین علاقٲیی زبانن ہٕندِ مرکزن خاصکر شمالی علاقٲیی زبانٕ ہٕندِس مرکزس منٛز پرناونہٕ تہٕ ہیٚچھناونہٕ خاطرٕ بُنیٲدی کتابہٕ رٔنٛگی استعمال یوان کرنہٕ۔

اتھ کتابہٕ منٛز یِمن عنوانن پیٹھ قلم تُلنہٕ چھُ آمُت تِمن منٛز چھ (۱) کانگرٕ دکانس پیٹھ (۲) شالن تہٕ کوٹھن ہٕندِس دکانس پیٹھ (۳) پھلہٕ وٲنی ہٕندِس وانس پیٹھ (۴) کشیرِ منٛز وچھنہٕ باپتھ مشہور جایہٕ (۵) مغل باغن ہُنٛد سیٲر (۶) کاشرِن ہُنٛد لسُن بسُن (۷) کاشرِ اتھ کامہٕ (۸) بڈشاہ (۹) ہیرتھ (۱۰) عید (۱۱) کاشری گام (۱۲) اکھ وونی (۱۳) اکھ سبزی وول (۱۴) حبہٕ خوتوٗن (۱۵) ہمہور (۱۶) پرمانند (۱۷) کاشُر لُکہٕ ادب (۱۸) پوٚختہٕ ارادٕ (۱۹) تقدیر تہٕ تدبیر (۲۰) گامہٕ کین ہُنٛد لسُن بسُن (۲۱) کاشُر مزاحیہ شاعری (۲۲) کاشُر زبان (۲۳) کاشُر شاعری ہُنٛد گوڈٕ کال تہٕ (۲۴) کاشرِس منٛز وژنن ہٕنٛز شاعری۔ یِمن سارنٕے عنوانن پتہٕ کنہٕ چھ اکثر الفاظن ہُنٛد مانہٕ دِنہٕ آمُت تہٕ مشق کرنہٕ کہ غرضہٕ چھ متعلقہٕ سبقن متعلق سوال پرٕزھنہٕ آمتی تہٕ خٲلی جایہٕ پُر کرنکی سوال تہٕ چھ کتابہٕ اندر درج یہ زن درسی کتابن ہُنٛد طریقہٕ تہٕ رِواج چھُ۔

کتابہٕ ہٕنٛدی پانژھ موضوع یعنے ۱-۳ تہٕ ۱۲-۱۳ چھ دکاندار تہٕ دُکانداری ہٕنٛتی وابستہٕ۔ یِمن موضوعن منٛز چھُ کاشُر دکاندار پرتھ رنگہٕ پننِس حقیقی رُوپس منٛز پیش کرنہٕ آمُت، تسنٛد کردار، اخلاق تہٕ گراکس ہٕنٛتی پیش ینُک طریقہٕ تہٕ طور طریقہٕ چھ زیادے یہن توجھک مرکز بناونہٕ آمُت خاصکر ییلہٕ تس بروٚنہہ کنہٕ غار کاشُر گراکھ یوان چھُ۔ یِمو اخلاقو تہٕ خوبیو سان ڈاکٹر اومکار

ناتھ کول صأبن کأشر دکاندار پیش چھُ کوٚرمُت ۔
ونیکتام چھُنہٕ کانٛسہِ قلمکارن اَمہِ آیہٕ قلم چلاوومُت
یمو چھُنہٕ کُنہِ طرفدأری یا حب الوطنی کِنۍ کُنہ قسمُک دستار
کأشرس دکاندارس گونٛڈمُت بلکہ سمأجی صورتحالُک
صحی صحی جایزٕ پیش کوٚرمُت۔ یِمہٕ سیتی واقعے کٔشیرِ تہٕ
کٔشیرِ ہنٛدِ سماجُک عیٚب تہٕ ہُران چھُ یم پانژٕوے عنوان
چھِہ غأر کأشرِ ن تِمن کأشرِ ن میون، سبزی ین
تہٕ ضروریاتہٕ زندگی ہنٛدِ ن چیٖزن ہُنٛد تعارُف کران
یِہُنٛد استعمال کٔشیرِ اندر سپدان چھُ مثلن ژٕونٹھ،
ٹنگ، اَمر، دچھ، بادام، ڈوٗن، توٗمُل، کینکھ،
مکأے، اوٹ، کھینہٕ تیل، مرژٕ وانگُن، موٗسر،
وارُمُٹھ، بُدی ہاکھ، ہاکھ، موٗنجہ ہاکھ، پالکھ،
گوگجہ، مجُہ، ندری، الہٕ، وانگن، گازر، راز ماہ،
گنٛڈ، اَلوٗ، رِوانگن، لأر، دأن، آلو بُخار، تِزبرِ،
گلاسہٕ، خربُزٕ، ہیند ونٛدٕ تہٕ کانگر بتیر، کانگرِ ہُنٛز
بناوتھ تہٕ اَپُج افادیت چھُ کول صأبن غأر کأشرِ ن
طالبِ علمن تیتھ کِنۍ فِکرِ تاران زِ سُہ چھُ شوقن کانگر
ٹلی ہینہٕ خأطرٕ آمادٕ گژھان۔

کتابہِ منٛز چھِ کٔشیرِ ہنٛدن صحت افزا مقامن ہُنٛز ذِکر تیتھ
کِنۍ کرنہٕ آمٕژ زِ یِہنٛد سورُے صورتحال تہٕ کأشرِ ن
ہنٛدِ سأنس گرٕ ژھنُک طور طریقہٕ چھُ مکمل پأٹھۍ بروٚنہہ
کُن یوان۔ کأشرِ ن ہنٛد لسنہٕ بسنُک طور طریقہٕ تہٕ رلواج
چھُ کول صأبن مذکورٕ کتابہِ ہنٛدی زینت بناومٕژ۔
کأشر موسیقی، بانڈ جشنہٕ، وازٕ وانس بیٚیہ تیار سپدن

والین سِنٛزن ہنٛدی ناد، پلو پوشاک، موسمی حالات،
زمینداری ہنٛدی طور طریقہٕ، خاندرن ہنٛدی رسم
رلواج، زنانن تہٕ مردن منٛز موجود رسم۔ اَتھ کامِن
خاصکر شال بأفی، پیپر مأشی، قالین بأفی تہٕ ڈوٗنۍ ہچہٕ
کامِن ہُنٛز ذِکر چھُ مکمل پأٹھۍ کرنہٕ آمُت۔ بڈشاہ نادرکس
سبقس اندر چھُ کأشرِ ن ہنٛدِ ملہ ژارُک تہٕ اخوتُک،
وطنُک تہٕ بأے تانیُک درس میلان تہٕ پتھ کألی
کٔشیرِ ہنٛد عکس بروٚنہہ کُن یوان۔ ہیرِ تھ تہٕ عیٖز ہُنٛز
افادیت سبق چھِن پوٚرٕ مذہبی تہٕ عقیدتی ولولہٕ مطابق
تحریر کرنہٕ آمٕژ تہٕ اَتھ موقعس پیٹھ رسمن تہٕ رلواجن
ہُنٛد چھُن پوٚرٕ عکس پیش کوٚرمُت۔ کٔشیرِ ہنٛدِ ن گامن
ہُنٛد پوٚر ماحول، کھین چین، کاربار تہٕ رسم و رلواجن
پیٹھ چھُ کول صأبن صحی پأٹھۍ قلم آزموومُت۔ یِہ خو تونا
ہبور تہٕ پرمانند زٕنی حالاتہٕ زندگی تہٕ کلامس پیٹھ قلم
تُلتھ چھُکھ یِہنٛد اکھ مکمل تعارف پیش کوٚرمُت یتھے
کِنۍ چھُکھ لکہٕ ادبس خاصکر تھ لکہٕ دبیلن پیٹھ تہٕ کینہہ
سبق تحریر کٔرتھ کأشرِ فوک لورُک تجربیان کوٚرمُت۔

یوٚتام زبان طالبِ علمی ہنٛد معیار نظرِ تل تھاوِتھ یم
سأری سبق چھِ تیتھ کِنۍ تحریر کرنہٕ آمٕتۍ زِ کأشرِ ن کیاہ
غأر کأشرِ ن طالب علمس تہٕ ہیٚکہِ نہٕ سہل سہل کأنہہ
تیتھ سوال ذہنس منٛز وُتلتھ ییمیُک جواب نہٕ تس
مذکورٕ کتابہِ منٛزے میلہِ۔ غرض کتابہِ ہُنٛد مواد چھُ ہر زٕنگہ
کٔشیرِ، کٔشیرِ ہُنٛد ماحول، کھین چین، رسم و رلواج، عادت

(باقی صفحہ ٦١)

ڈاکٹر مدھو بالا*



# میٲنؠ رِسرچ گایڈ ۔ کول صاب

ڈاکٹر اومکار ناتھ کول صاب چھِ سٮ۪ٹھاہ قٲبل، صاحبِ عمل تہٕ ایماندار اِنسان۔ یِم چھِ میٲنؠ ڈاکٹر بولان ڈاکٹر کول صابس سٟتؠ سپُدمٕژ ۱۹۸۱ ہس منٛز تعارف یێلہ مےٚ پٹیالا ہندِس لینگویج سینٹرس منٛز رِسرچ کرنُک موقہٕ میوٗل۔ ڈاکٹر صاب ٲسؠ اَمہِ سینٹرٕکؠ پرنسپل۔ یہِ اُس میٲنؠ خوش قسمتی زِ مےٚ میوٗل یِہنٛزِ رہنمٲیی منٛز پنجٲبؠ زبٲنؠ ہندِس سوشو لنگوسٹک پہلوس پٮ۪ٹھ کام کرنُک موقہٕ۔ یہِ اوس مےٚ یِنہِ مستقبلس کُن گوڈنیُک پوٚد۔ مےٚ اوس اَوتام صرف ایم فلک کورس پوٗرٕ کوٚرمُت۔ رِسرچ کام ٲس مےٚ وُنہِ کرٕنؠ۔ رِسرچ کرنہٕ خٲطرٕ کیاہ طریقہٕ عمل چھُ درکار۔ یہِ ٲس نہٕ مےٚ وُنہِ پتہٕ۔ یوٚدوے مےٚ پنجٲبؠ زبٲنؠ ہندِس پروجیکٹس پٮ۪ٹھ کام کرنس ٲس انکار کوٚر مگر بہٕ ٲسس وُنہِ تہٕ دُلمِلس منٛز زِ بہٕ ہیکہ یہِ پوٗرٕ کٔرِتھ۔ مگر وارٕ وارٕ سپُد مےٚ یہِ احساس زِ سوٚ چھنہٕ کانٛہہ کام یوٚسہٕ نہٕ اِنسان یِنہٕ نہٕ محنت تہٕ پوٗرٕ لگن سٟتؠ کٔرِتھ ہیکہِ۔ یوٗزاتھ سٟتؠ گژھہِ تخلیق تحریک تہٕ آسٕنؠ۔ یِہے تحریک چھےٚ اِنسانس یِنہٕ یِنس منٛزلس واتہٕ ناوان رٕمےٚ میج یہِ تحریک ڈاکٹر صابس نِش۔

اگر اَکِس شاگردس جان ووستاد سٕنٛزِ رہنمٲیی آسہٕ، منزل پراوُن چھُنہٕ تمِ سٕنٛدِ خٲطرٕ مُشکل۔ ڈاکٹر کول صابنہِ رہنمٲیی سٟتؠ پیٚز مےٚ سٮ۪ٹھاہ حوصلہ افزٲیی تہٕ مےٚ منٛز سپُد اعتماد پٲدٕ۔ مےٚ باسیوو زِ مےٚ میوٗل پنُن منٛزِل۔

یِمہِ محنتہٕ تہٕ دلچسپی سان ڈاکٹر صابن یہِ کام کرناوِن یہِ چھُ تمہٕ کہِ پھل زِ مےٚ کٔرؠ ترٕیِن ؤرِیِن منٛز ترٛےٚ پروجیکٹ مکمل۔ پروجیکٹن سٟتؠ سٟتؠ تھوٚد مےٚ ڈاکٹر صابنہِ نگرٲنی منٛز پنُن پی ایچ ڈی رِسرچ تہٕ جٲری۔ ڈاکٹر کول ٲسؠ میٲنہِ قٲبلیژ پرٛتھ زِنگہِ ڈُسچارٕ دِیُن یژھان اَمہِ خٲطرٕ ٲسی تِم مےٚ رِسرچس سٟتؠ سٟتؠ سینٹرس منٛز پنجٲبؠ زبان پرٕناونُک تہٕ موقہٕ دِوان تہٕ اَمہِ علاوٕ ٲسؠ مےٚ سیمنارن تہٕ کانفرنسن منٛز تہٕ بولنُک موقہٕ دِوان۔ مےٚ چھُ یاد زِ یێلہِ تہٕ مِن کُنہِ سیمنارک یا کانفرنسہِ متلق کانٛہہ دعوت نامہٕ یِیہ ہےیِم ٲسی وَنان مےٚ نِش چھُ صرف عنوان۔ رِسرچ پیپر چھُ مدھو بالا یہِ اَتھ۔ یتھہِ پٲٹھؠ کٔرؠ ہمیشہ تِموٚ میٲنؠ حوصلہ افزٲیی تہٕ کوٚر مےٚ منٛز اعتماد پٲدٕ۔ رکانٛسہٕ تہٕ اِنسان سٕنٛز شخصیت نٮ۪کٕ ژٕنہٕ خٲطرٕ

چھُ حوصلہٕ تہٕ خود اعتمادی سیٹھاہ ضرۆری۔

۱۹۸۱ء پیٹھہٕ ۱۹۸۵ء تام کٔرمِتھ ڈاکٹر کول صاٲبنہٕ رہنمایی منٛز کام۔ یہ چھُ میانہِ زندگی ہٕنٛدس مولُل وقتس یُس نٕہ مےٚ زانہہ تہٕ مشتہِ۔ ۱۹۸۷ء ہس منٛز گیہِ کول صاٲب لال بہادر شاستری اکادمی مسوری منٛز بحیثیت پروفیسر مقرر۔ اُتھی وری یِس منٛز میج مےٚ پی ایچ ڈی ڈگری تہٕ۔ پتہٕ کوٚر مےٚ کوروکھشیتر یونیورسٹی ہندس لسانیات ڈیپارٹمنٹ منٛز بطور لیکچرر جوین۔ ساٲنی خط و کتابت روٗز جاری۔ اُتھی سیتی گیہِ ساٲنی دوٚیم کتاب پنجٲبی زبان تہٕ لسانیات مکمل تہٕ دوشوٕے کتابہٕ گییہِ شایع۔

کول صاٲبنہٕ ذاتی زندگی تلہٕ چھُ یہِ صاف ننان زِ یمو چھےٚ پننہٕ سارے زندگی پنہٕنس پرناونس تہٕ رٕٹرچس پیٹھ صرف کٔرمٕژ۔ یہے چھےٚ اُکس عالمہٕ سٕنٛز صحی پہچان۔

ڈاکٹر صاٲبنہٕ کتابہٕ مثلن LANGUAGE IN EDUCATION تہٕ EFFECTIVE COMMUNICATION SKILLS چھےٚ سیٹھاہ مقبوٗل گامژٕ۔ یمے کتابہٕ چھےٚ یہند علمُک ثبوٗت۔

لسانیاتس منٛز چھُ یمن اکھ مخصوص مقام حاصل۔ یہٕنٛزن مضمونن پیٹھ عبوٗر آسنہٕ کنی میوٗل یمن ہندوستانہٕ چھن مختلف جاین تہٕ بیٚیرٕ بن ملکن منٛز گژھنُک موقعہٕ۔ یمو چھےٚ واریاہ کتابہٕ غٲر ملکی عالمن سیتی یکہ وٹہٕ لیچھمژٕ۔ یموے کرٚ آو تلہٕ چھےٚ تمیٚ سٕنٛز قابلیتھ تہٕ تمیٚ سٕنٛد تجربٕ ننان۔

ڈاکٹر صاٲبن کٔرٕ نہٕ صرف کاشُر زبانۍ پیٹھ کام بلکہ کٔرکھ پنجٲبی تہٕ ہندی زبانن منٛز تہٕ۔

اَمہِ علاوٕ چھُ کول صاٲب SALA جرنلس سیتی تہٕ وابستہٕ۔ SALA چھُ لسانیاتکس مٲدانس منٛز اکھ بیش قیمت جرنل۔

میٛون دُعا چھُ زِ ڈاکٹر اومکار این کول صاٲبس دِین دَے رحمہٕ ریٹیشن آے میٛتھ زن یِم میانہِ پٲٹھی بیٚین تہٕ رہنمایی کرن تہٕ تمن سٕنٛز دتہٕ لاگن تہٕ یتھ پٲٹھی روزن یِم علمکو تٕرٲنگ زالان تہٕ زگتس گاش ہاوان۔ ●●

★ ریڈر شعبہ لسانیات کوروکھشیتر یونیورسٹی۔

## بقیہ محمد یوسف ٹینگ

یہ چھُ پتھے کنی صفحہ ۱۸ ہس پیٹھ دوہرادنہٕ آمُت۔ پتھے کنی چھُ اُتھی صفحس پیٹھ:

"آہم ہے نہٕ اونتھم کیاہ، یمےٚ ہے تہٕ دِہم کیاہ"

یہ چھُ پتھے کنی صفحہ ۱۹ ہس پیٹھ بییہٕ پھِر لیکھنہٕ آمُت۔ یہ چھُ کتابہٕ ہندیو (۱۶۰) صفحو منٛز فقط ۱۹ صفحن ہٕنٛد اکھ ابتدٲیی جایزٕ۔ ینہٕ فرصت تہٕ گنجایش آسنہٕ سیتی ہیٚکہ تہٕ ژٕرٕ برٕ ہیٚکہٕ سپدِتھ۔ انشاء اللہ بروٚنہہ کُن کرٚ و سارِ سے کتابہٕ پیٹھ کتھ۔ اکھ کتھ چھ باوٕنۍ ضروری۔ کتابہِ ہٕنٛد خاطرٕ کاشُر لیکھنُک یُس رٕوٲجی طرز وَرتاونہٕ آمُت گژھ سُہ چھُ کرٕ بوٚکھٕ کرادارنہٕ نامُناسب۔ رکِھ ڈیتن ہیون زِ تیو پلیتن پیٹھ گاشہٕ زٕ تہٕ پرنہٕ خاطرٕ تام چھُ سِنہٕ جکھن پیوان تہٕ پتہٕ چھُ پنُن یاد وۆڈ ترٕے دکھ ہاوان۔ پیرانن یوروپی محققن ہٕنٛد کاشُر رٕومن چھُ یقیناً نسبتاً سہل تہٕ پرنہٕ سادٕ۔ کرہٕٹس پیٹھے کرہٹہٕ آسان۔ ●●

مشتاق احمد مشتاق



# کوہستانی ٹو کشیری — اکھ تبصرٕ

ڈاکٹر او این کول چھ کأشرِ زبأنی ہنٛز مختلف لسأنی پہلوو پٮ۪ٹھ اہم تحقیقی کأم سر انجام دِنہٕ والیٚن اول درجٕکیٚن أدیٖبن تہٕ قلم کارن منٛز ممتاز تہٕ منفرد مقام تھاوان۔ ۱۹۴۱ء ہس منٛز بوٚگام کوٚلگامس زامتۍ کول صأب چھ پننیو نمایاں صلاحیتو، بیحد محنت تہٕ دلچسپی سببہٕ ملککیٚن سٮ۪ٹھاہ بہلہٕ پایہٕ علمی تہٕ تحقیقی ادارن منٛز اہم عہدن پٮ۪ٹھ کام کران روٗدمتۍ تہٕ یمن چھ امریکہ تہٕ دوٚیمیٚن بیروٗنی ملکن ہندیٚن منفرد تہٕ بہلہٕ پایہٕ محققن تہٕ قلمکارن سٟتۍ مشترکہٕ طورٕ کأم کرنُک شرف تہٕ حأصل۔ کول صأبنہٕ کامہٕ ہُنٛد دأیرٕ چھُ سٮ۪ٹھاہ وسیع۔ یموٚ چھےٚ کأشرِ، ہندی، اردوٗ، پنجأبی تہٕ انگریزی زبانن متعلق ژٕ ژیٚ لوٚکچہٕ بجہٕ کتابہٕ لیچھمٕژ۔ یمو منٛز چھےٚ کیٚنہہ کتابہٕ امریکہ تہٕ روٗسہٕ پٮ۪ٹھ تہٕ چھاپ سپنہٕ مژٕ۔ زیرِ نظر کتاب "KOHISTANI TO KASHMIRI- AN ANNOTED BIBLOGRAPHY OF DARDIC LANGUAGES" چھےٚ کول صأبن کیلی فورنیا یونیورسٹی ہنٛزِ ڈاکٹر روتھ لیلا سمتھ سٟتۍ مشترکہٕ طورٕ تیار کرٕمٕژ۔ روتھ لیلا چھےٚ لوٚن وٕرۍیَن جنوٗبی ایشیاہس منٛز قیام پذیر روٗزتھ یتھ خطس تہٕ ییٚتہٕ چیٚن زبانن متعلق وارِیاہ تحقیقی کأم انجام دِژمٕژ۔ یہٕ کتاب چھےٚ یمو دوٚیو بہلہٕ پایہٕ لسأنی محققو انڈین انسٹی چیوٗٹ آف لینگویج سٹڈیز پٹیالہ کہ اہتمامہٕ تیار کرٕمٕژ۔ کتاب چھےٚ سارنےٚ دردی زبانن متعلق پننہٕ مژٕ کٔلہم لسأنی تہٕ ادبی کامہٕ ہُنٛد اکھ جامع خاکہٕ پیش کران تہٕ یمن زبانن خاص کر کأشرِ زبأنۍ منٛز لسأنی اعتبارٕ پننہٕ مژٕ کامہٕ ہندۍ تمام حوالہٕ پیش کران۔ امہٕ علاوٕ چھےٚ یہٕ کتاب دردی زبانن پٮ۪ٹھ مستقبلس منٛز سپدَن وٲلِس تحقیقی کامہٕ خأطرٕ اکھ ناگزیر حوالہٕ جأتی ضرورت پوٗرٕ کران۔ کتابہٕ ہندس ابتداہس منٛز چھُ مصنفو دردی زبأنن تہٕ یمہٕ زبانہٕ رأیج آسن وألِس خطس متعلق کیٚنہہ بنیأدی نوکتہٕ زیرِ بحث أنِتھ جغرافیأیی تہٕ لسأنی حد بندیَن ہُنٛد تہٕنز صحیح کوٚرمُت تہٕ یتھ کٔنۍ تمہٕ وٕسی چھٕ طٕج تہٕ تتھ منٛز بولنہٕ یوان زبانن تہٕ بولیٚن ہُنٛد بہ تفصیل تذکرٕ

کوٗزمُت یَتھ دردستان ونان چھِ ۔ تِموچھےٚ دردستانچہ
دٕتھرھنے تہٕ حدبندی متعلق مختلف ماہرن تہٕ محققن
ہنٛدین خیالاتن پیٚٹھ دِتھ ہناوِ واضح تصویر پیش
کرنٕچ کوشش کرمٕژ ۔

کتابہِ اندر چھ دہَن الگ الگ عنوانن تحت
دہَن زبانن ہنٛدِ لِسانی کیتھ تحقیقی کامہِ ہنٛد موختصر
معروضی زان ہیتھ حوالہٕ فراہم کرنہٕ آمٕت ییم دردستان
خطس منٛز رائج روزمٕژ چھےٚ ۔ حالانکہ نورستانی تہٕ
چترال علاقچ کھووار زبان چھےٚ ناگزیر وجوہاتو کِنی
ترا وہٕ آمٕژ ۔ کاشُر زبان سارِوے کھوتہٕ بٔڈ، قدیم
تہٕ باگہٕ بٔرژ آسنہٕ کہ اعتبارہٕ چھُ امہِ کس ساختس، آگرس
گرامرس تہٕ بلتہِ لِسانی نمائیستن تہٕ ادبی کاوشن
متعلق ابتدا پیٹھہ پیٚنز مژ تحقیقی کامہِ ہنٛد اکھ
موختصر تعارفی خاکہ امہِ کتابہِ منٛز ووتلان یوسہٕ
بجایہِ خود کاشُرِ زبٲنی تہٕ ادبس متعلق سنجیدٕ
مطالعہٕ تہٕ تحقیقی کامہِ باپتھ اکھ ناگزیر ضرورت
پورہٕ کران چھےٚ ۔ اتھ سِلسِلس منٛز یوسہٕ زُمرٕبندی
فاضِل مصنفو کرٕمژ چھےٚ سو چھےٚ سیٹھاہ معقول
تہٕ لِسانی اعتبارٕ ساینٹفک ۔ گوڈنیک زُمرٕ چھُ ۔ —
"CLASSIFICATIONS, LINGUISTIC
ATLASES AND TYPLOGIES" یعنی زُمرٕبندی
لِسانی نقشہٕ جات حدود اربعہٕ، دویم چھُ لسانی
خود خطہٕ تہٕ بولہٕ وار مطالعہٕ، تریٚیم گرام تہٕ گرامرس
متعلق مطالعات ۔ ژورِم زُمرٕ چھُ یمن زبانن
ہنٛدِس صوتیاتس تہٕ امہِ کِس مُطالعس وحاظ کران
پوٚنژِمس عنوانس منٛز چھِ یمن زبانن متعلق نسلی
تناظرس منٛز ییٚنز مژن تصنیفن ہنٛد حوالہٕ پیش
کرنہٕ آمٕت ۔ شیٚیمس عنوانس تحت چھِ یمن زبانن
متعلق جغرافیایی تہٕ تواریخی تصنیفاتن تہٕ مقالاتن
ہنٛد ذکر ۔ امہِ پتہٕ چھُ مذہب تہٕ لکہ ادب عنوانس
تحت دردی زبانن متعلق تحقیقی کاوشن ہنٛد تعارف
دِنہٕ آمٕت ۔ امہِ علاوٕ چھِ یمن زبانن ہنٛدِس ادبس
ڈکشنریَن، لفظیاتس تہٕ کلہم تبصرن ہنٛدِس سلسلس
منٛز اہم تصنیفاتن تہٕ مقالن ہنٛد حوالہٕ تہٕ میلان ۔

صاف چھُ ونان زِ فاضِل مصنفو چھےٚ زبردست محنتس،
سنجیدگی تہٕ دلچسپی کام ہیتھ یہ جامع تہٕ پوشوٗنی تحقیقی کام
سرانجام دِژمٕژ ۔ تہٕ یِنہٕ والین محققن ہنٛد باپتھ دِتھ ہموار
کرنٕچ کوشش کرمٕژ ۔ یہ کتاب چھےٚ دردِ زبانن سیتی تحقیقی
دلچسپی تھاوان والین ہنٛدِ خاطرٕ لسانی ژونگ ییمہٕ کہ بدولتہٕ
یم مصنف توٗتام زِندٕ روزن یوٗتام یمہٕ زبانہٕ یتھ خطس
منٛز رائج چھےٚ ۔ ●●

بقیہ محفوظہ جان

تہٕ اطوار، ووہتن ہُن، اخلاق، لباس، زبان، جغرافیہٕ
کاشُر سیٚتھن، کاشُر زنانہٕ، تواریخ، مذہب بٔڈی وودہٕ
کہاوتہٕ تہٕ کیٚتیٚر ہنٛد حسن تہٕ ثقافتی بحر پیش کران ۔ اگر
اتھ کتابہِ منٛز کُنہٕ قسمچ کمزوری چھےٚ ۔ سو چھےٚ کُنہٕ کُنہٕ
امکِس رسم الخطس تہٕ املاہس منٛز ۔ ●●



# کول صاب بحیثیتہ ترجمہ کار

کول صاب چھ کاشر، ہیٚندی، اردو، پنجٲبی تہ انگریزی زبانہ پوٗرٕ پأٹھی زانان۔ یموکرٕ یمن زبانن منٛز مختلف ترجمہٕ، کاشر زبان رٲژ ہیٚنٛز لول لرٹکیاز یہ اٲسکھ ناماجہ زٕلو۔

یہندکینہ ترجمہٕ چھہ یتھہ پأٹھی:

۱۔ کأشر رامائنک کوٚرِ یمو ہیٚندی زبٲنی منٛز تقوبلی مطالعہ۔

۲۔ کوہستٲنی تہ دردی زبٲنی ہنٛز BIBLIO GRAPHY پھرکھ کأشرس منٛز۔

۳۔ کأشرن نمایندٕ کہانین ہنٛد ہیٚندی ترجمہٕ۔

۴۔ پنجٲبی تہ کأشر ڈکشنری۔

۵۔ کشمیری بر کاشس رامائن (ہیٚندی زبٲنی منٛز)

۶۔ کشمیری اور ہندی بھاشا۔ تقابلی مطالعہ

۷۔ "کشمیری میں کرشن کاویہ" کأشرِ پیٹھٕ ہندی ترجمہ

"کشمیری کہانیاں" منٛز چھہ کأشرِ نمایندٕ تژواہ کہانیہ یہند ترجمہٕ مصنف چھ ہیٚندی زبٲنی منٛز کران رکھٲژین ہنٛد نٲوس چھہ یتھہ پأٹھی:

۱۔ میں کچھ کرنہیں سکا — مۆل کأشُر — اختر محی الدین

۲۔ غریب کی جورو — مۆل کأشُر — امین کامل

۳۔ اندھ وشواس — مۆل کأشُر — اوتار کرشن رہبر

۴۔ رشنی — مۆل کأشُر — علی محمد لون

۵۔ میرے مرنے کے بعد — مۆل کأشُر — بنسی نردوش

۶۔ احساس — مۆل کأشُر — رتن لال شانت

۷۔ شترو — مۆل کأشُر — عبدالغنی بیگ اطہر

۸۔ بنا شیر شک — مۆل کأشُر — بشیر احمد بشیر

۹۔ سہہ جات — مۆل کأشُر — ہردے ناتھ بھارتی

۱۰۔ یہ راجدھانی — مۆل کأشُر — ہری کرشن کول

۱۱۔ پرکاش — مۆل کأشُر — ایم نساہ

۱۲۔ اسے میری نظر لگ گئی — مۆل کأشُر — اومکار کول

۱۳۔ وادی سے دور — مۆل کأشُر — اومکار کول

اتھ کتابہ منٛز درج کہانین ہنٛد ہیٚندی ترجمہٕ پرتھ چھہ پرن والس یہ احساس گژھان زِ کأشر کہانیہ کٲژاہ دمدار چھہ۔ یمہٕ کہانیہ چھےٚ کأشر ادبک پترٕ تہ وسچار پیش کران۔ ریا یتھہ پأٹھی ونو زِ یمہٕ کہانیہ چھےٚ پزی سانہ ادبکہ شاہکار کہانیہ۔ اوٚ اتھ چھُنہ کانہہ شک زِ یہند ہیٚندی ترجمہٕ تہ چھُ مٲری مۆند تہ تھپکن لایق۔

کأشر کہانیہ متعلق کتھ کران چھہ ڈاکٹر کول اتھ کتابہ منٛز

تخلیق سپنز مۆژن وارِہن کاشرِن کہانین مُنٛدٕ تہٕ ذِکر کران۔ سیتی تِمن کہانین ہِنٛدِ نفسیہ مضمونک تہٕ ذکر کران۔ یِمن منٛز چھے اختر محی الدین سٕنٛز "سِتھ سنگر"، "اندر دھنش"، "وۄزُل ریشمی شلوار"، "ڈنٛڈ وزُن"، "آدم چھُ عجب ذاتھ" وغیرٕ۔ امین کامل سٕنٛزن کہانین مثالہٕ پاٹھۍ "کوکُر جنگ"، "نوٗڈ تاوٗن" "پھاٹک" تہٕ "کتھ منٛز کتھ" وغیرٕ۔ یِتھے پاٹھۍ چھُ کول صاب، مرحوم علی محمد لون، اُمیش کول، اوتار کرشن رہبر تہٕ تاج بیگم رینزوٗ سٕنٛزن کینٛہن کہانین مُنٛدٕ حوالہٕ دِوان تہٕ ذکر کران۔ یِمو کہانیو علاوٕ چھُ کول صابن فاروق مسعودی، ہری کرشن کول سٕنٛز "تاپھ" تہٕ زیرِ بحث انان۔

کول صابنہِ کشمیری کہانیاں (ہندی) چھے جلد دار خوشیونہ کتابہٕ ہن، ریتھ سرورقس پیٹھ کشیر ہندِ ڈلک نظارٕ چھُ خیالن منٛز تہٕ اَچھن بروٚنٛہہ کنہ کشیر ہٕنٛز لاجواب تہٕ لامثال خوبصورتی ہٕنٛز تصویر زِنتہ زٕھہٕ شکارٕ ہٕنٛز زٕھہٕ مارناوان زِ بتہ ووترس زِنتہ زٕھانچ کاسٕتاوان۔ اکھ کتابہٕ چھ فقط ارسیتھ (۸) صفحہٕ، مۆل چھُس پنٛژاہ روپیہ۔ کوڈ نیک چھاپ چھُ ۱۹۹۲ء منٛز سپدمُت۔ پبلشر چھُس "وِتستا" A-130-W.Z نارائنا، نوٚو دِلی 110028۔ چھاپہٕ چھے آہتزا اے ون آفسیٹ پرنٹرس، دریا گنج، نوٚو دِلی۔ ●●

## بقیہ الکا کلکرنی

پروفیسر کولنس مسوری منٛز شیٚتھن وُریٚن ہِندِس قیامس دوران چھُ واریاہ کتھہٕ یِم وارِیاہس کالس یاد روزن۔ اکھ کتھ چھےٚ یہٕ زِ یِمو دیُت ناو دۄن تعمیرن۔ اکھ رہائشی تعمیر یتھ یِم پانہٕ تہٕ روزان آسۍ اتھ کوٚر کھ ناو "ہِم آنچل" تہٕ بیاکھ اکادمی ہٕنٛز خاص بڈ بلڈنگ یتھ منٛز لایبریری تہٕ میس چھُ اتھ کوٗر یِمو ناو "کرم شِلا" یِم ناو آیہٕ وارِیاہ مونا دو منٛز ژارنہٕ۔ بیاکھ کتھ چھےٚ یہِ زِ یِمو بناوِ کاشرِ زبان ہیٚچھناوِنہٕ خاطرٕ ویڈیو فلمہٕ تہٕ۔ یِمہٕ کاشُر ہیٚچھناوِنس منٛز استعمال چھ یِوان کرنہٕ۔ ●●

★ لینگویجز فیکلٹی، لال بہادر شاستری نیشنل اکادمی آف ایڈمنسٹریشن مسوری

## بقیہ نریندر کے دُلے

گےٚ یِم کینٛژھا ژاران۔ یِمن اوس نہٕ شاید اَمہٕ کتھہٕ ہِنٛد احساس زِ یِہنٛز اکھ پژر نتھ چھےٚ پنجابی تہٕ پنجابی زبان ہیٚچھنۍ، یہٕ زبان دِتاوۍ۔ اکھ پیٹھ لسانیاتی کام کرنۍ، اکھ ماے برنۍ تہٕ پنجابی یارن دوستن سیتۍ وِدتھ ہن چھےٚ شاید پنجابی پیچ وُچھنے کران۔

پنجابی زبانۍ سیتۍ یِہنٛد لگاو تہٕ یِہنٛز کام وُچھتھ پرژھہٕ کانٛہہ تہٕ پنجابی آسنۍ سان زِ ڈاکٹر اومکار کول چھا کاشُر کنہ پنجابی۔ حقیقت چھےٚ یہٕ زِ اکھ غار پنجابی آستھ پنجابی زبانۍ منٛز یِہنٛد موٚل دیُت روز پنجابی زُکی درِن ہمیشہٕ یاد۔ اَسہٕ چھےٚ وۄمید زِ یِم تھون یہٕ کام برٚونٛہہ کُن تہٕ جٲری۔ ●●

★ پرنسپل ناردرن ریجنل لینگویجز سینٹر پنجابی یونیورسٹی پٹیالہ پنجاب۔

ڈاکٹر آفاق عزیز



# کٲشِرِ ہِنٛد چٹرجی — امکارناتھ کول

سنیتی کمار چٹرجی چھِہ برصغیر کین لسانی ماہرن منٛز ممتاز مقام تھاوان، چٹرجی ین کٕر ہندی زبانٕ ہِندس خولہٕ خطس پیٹھ مفصل کام تہٕ یمَو پرکھوو آریا زبانَن ہِنٛد مکمل آگرٕ تہٕ ثابت دِتک کرِتھ زِ ہند یورپی زبانَن درمیان چھہ کافی مضبوط رشتہٕ لیس امہٕ برونٛہہ بنیہٕ تہٕ واریاہو لسانی ماہرو بداوس کوڈمت۔ ووں اگو سنیتی کمار چٹرجی ین کٕر سارِوے کھوتہٕ اہم کام بنگالی زبانٕ پیٹھ۔ یِہِنٛدِ یِہ دولتہٕ وآتر بنگالی زبان بامہٕ عروجس تہٕ وُنکین چھِہ بنگالی زبان دُنی یِہِنٛزِ بجن زبانن نِش تہٕ کینژن لوکٕچن زبانن منٛز ممتاز مقام تھاوان۔ یمَو لیٖچھہ بنگالی زبانٕ پیٹھ واریاہ کتابہٕ تہٕ امہِ زبانٕ ہِنٛدی اکثر پہلوو پرٛژھناوِک بڈٕ عرق ریزی سان۔

یِژھے ہش کام ٹُلکہ امہِ تہٕ کھُستھے دِژ پروفیسر اومکارناتھ کول صابن کاشرِ زبانٕ ہِنٛز ترقی باپتھ انجام۔ یمَو کرِ از تام لگ بگ ۴۲ کتابہٕ چھاپ یمن منٛز اکثر کاشرِس لسانیاتس پیٹھ لیکھنہٕ آمژِ چھے۔ اہنٛز قابلہِ ذکر کتابہٕ چھِہ ——

"ASPECTS OF KASHMIRI LINGUISTICS",
"KASHMIRI – A COGNITIVE DESCRIPTIVE
"KOHISTANI TO KASHMIRI" تہٕ GRAMMAR"

بیترِ اہنٛزن کتابن تہٕ اہنٛدین تحریرن پیٹھ چھُ دَرِ دِس خصوصی نمبرس منٛز واریاہ کینٛہہ لیکھنہٕ آمُت لہٰذا چھُ ریپیٹیشنہٕ نشہٕ بچنہٕ خاطرٕ ضوروری زِ تمے کُنہِ اَنُو زیرِ بحث یمن پیٹھ تہٕ بحث آسہِ گومُت۔

اسپیکٹس آف کشمیری لنگوسٹکس ناوِچہ کتابہ اندر چھُ پروفیسر اومکارناتھ کول صابن اکھ مضمون لیوکھمُت یمیُک عنوان "MOODES OF ADDRESS IN KASHMIRI" چھُ۔ اتھ مضمونَس منٛز چھُ کول صاب کاشرِ زبانٕ منٛز رآیج تمن طور طریقن، آدابن تہٕ احترامی القابن ہِنٛد بحث تُلان یِم زندگی ہِنٛدین مختلف موقعن پیٹھ استعمال سپدان چھِہ تہٕ یِہِنٛد واسطہٕ سِیدِ سیود النسانی رشتن تہٕ النسانی کامہِ کارکین مختلف تٕہِ ہِن سستی چھُ۔ مختلف طبقن درمیان چھِہ مختلف طور طریقہٕ تہٕ القاب رآیج۔ مختلف کام کارکرن والین چھُ موقعہ محل القابن تہٕ آدابن ہُنٛد وطیرٕ رآیج۔ اکثر چھُ وُچھنہٕ آمت زِ ہم عُہدٕ تہٕ ہم کار چھِہ زبانٕ ہِنٛدی تمے ادآے وطیرٕ استعمال کران یمیُک رِواج یِہِنٛدس طبقس اندر آسہِ۔ وٲنسہ لحاظہٕ تہٕ عزتہٕ مطابق تہٕ چھُ زبانٕ ہُنٛد ورتاو سپدان ووں گوو باضے چھُ امیُک اُلٹے سپدان مگر سیٹھاہ کم۔ گریلو رشتن اندر تہٕ

چھِ بیٚنہٕ منفرد موڈس ۔ یہِ مضموٗن چھُ مجموعی طور کاشُر زبانہِ
بیٚنہٕ بہترین مضموٗن زبانہِ ہِندِ اکثر موڈس آف ایڈریس چھِ
واضح کرنہٕ آمتۍ ۔ کُنہِ کُنہِ چھُ مضموٗنس اَندر کیٚنہہ موٗمولی کوتاہہ
نظرِ گژھان ۔ انداز چھُ یِ زِ اَمہِ قسمہٕ چیٚشن کوتاہین چھُنہٕ کول
صابُن عِلم ذِمہٕ وار بلکہ کول صابُن وطنہٕ نِشہٕ دوٗر روٗزُن ۔

کول صاب چھُ صفحہٕ 157 پیٚٹھ لیکھان زِ کاشُر زبانہِ
اَندر چھُ موڈ آف ایڈریس یہِ تہٕ مثلن HATIJINA:B
TALIJINA:B / یہِ بیان چھُ مے ولیٚو کھٚٹے بیٚہن باسان ۔
اَلبتہ چھُ یہِ نوقطہ واضح زِ تلہٕ جناب یا ہیٚتہ جناب بدلہٕ چھُ
جناب لفظ دوٚشوٚنی فِرقن یانے ہِنٛدن تہٕ مسلمانن منٛز
تہٕ عام ۔ کول صابس چھُ یہِ شاید فرق گمرٕ زِ تِمو چھُنہٕ یَتھ کتھِ کُن
اِشارٕ کوٗرمُت زِ کاشرین زنانہٕ ناوَن سیٚتۍ تہٕ چھُ JI
اِستعمال سپدان ۔ اَدِ تِم بٹہٕ آسِن تَن یا مُسلمان مثلن
SUNITAJI , PARWATIJI , HALIMAJI , MEH-
FOOZA JI بیٚیتر ۔ صفحہٕ 159 پیٚٹھ 'DIYIV HAZ
MA:HARA, JINAB, KITA:b" جُملہٕ چھُنہٕ کاشرِ ملکسٕ

زبانہِ مطابق درُس DIYIV HAZ یا DIYIV MA:HRA یا
DIYIV JINA:B چھُ درُس ۔ اَتھی صفحس پیٚٹھ دِنہٕ آمُت
اِصطلاح BO:Y+JI : چھُنہٕ کُنہِ تہٕ حالتس منٛز اِستعمال سپدان
اَلبتہ چھُ ہِنٛدیہ دعواصی زِ BA:YJI چھُ اِستعمال سپدان ۔
بیٚیتھے کُنہِ چھُنہٕ BAIY JIGUR تہٕ BO:Y+JIGUR
تہٕ BO:Y+JIGUR اِستعمال سپدان ۔ البتہ اَیِج تریٚیم صورت
یانے BA:YJIGRA چھُ اِستعمال یِوان کرنہٕ ۔ صفحہٕ
160 پیٚٹھ چھُ لفظ /BENI/ سیٚتۍ یانٛز پوت لگی لاگنہٕ
آمتۍ یمن منٛز BENI+Gə:S تہٕ BENI+JI
اِستعمال چھُنہٕ سپدان ۔ البتہ چھُ BEHANJI ہیٚو
اَلقاب اِستعمال یِوان کرنہٕ ۔

AN INTENSIVE COURSE IN KASHMIRI

چھےٚ بیاکھ اکھ کِتاب یوسہٕ 462 صفحن پیٚٹھ 1985ء
منٛز میسور چھپیےٚ یہِ ۔ اَتھ چھِ ٢٤ باب یَتھ منٛز سَتت (70)
سبق چھِ ۔ یِم ساری چھِ سوال وجوابکِس صورتس منٛز ۔ اَکھ



پروفیسر الس ڈیوسن
تہٕ
پروفیسر پیٖٹر ہُک
کول
صابس
سیٚتۍ

سَبق چھہ بڈشاہ ۔ نندرِ ریش، لل دید، کشیرِ آپرہ ہندِ س
ساَلسِ متلق، جیلہٕ، ڈلُس متلق تہٕ کاشرِ ن موسمن تہٕ باغن
متلق سبقو علاوٕ مختلف کھیلن تہٕ دکانن متلق تہٕ سبق
میلان ۔ یمَن سبقن ہندِس آخرس پیٹھ چھہ مختلف قسمن منز
مشقہٕ دِنہٕ آمژ ۔ امہ علاوٕ چھہ کتابہِ ہندِس آخرس پیٹھ لفظن ہند
اکھ زیٚوٗٹھ فہرست دِنہٕ آمٕژ ۔ غارکاشرِ ن ہندِ خاطرٕ چھہ یہ کتاب
کاشُر ہیچھنکھ بہترین تہٕ سہل ذریعہ ۔ اَتھ کتابہِ اَندر چھِ کنہِ کنہِ
جایہِ رسم الخطس منز قصوٗر روٗدمت یُس بہر حال کتابتُک
نوٗقص ہیکہِ آسِتھ تہٕ کُنہِ چھہ لفظ کاتبہِ پھیر نِش ہناہ ڈلتھ
استعمال سپدان مثلن یکھ بدلہٕ چھُ ینکھ (ص۔۱) گرِسیر بدلہٕ چھُ
گرِسر (276) لیکھنہٕ آمُت ۔

"SOUTH ASIAN LANGUAGE REVIEW"
چھُ شۂ (۶) ریوٗت لسانی رسالہٕ ۔ یہ رسالہٕ چھُ ۱۹۹۱ء پیٹھ
چھپان ۔ امیُک ایڈیٹر چھُ پروفیسر اومکار ناتھ کول ۔ ازتام
چھِ امِکی شاید نو (۹) شمارٕ چھپیمٕتۍ ۔
مےٚ چھےٚ امِکین شین شمارن متلق کم کاسہٕ زانکاری ۔
مذکورہٕ رسالس منز چھہ لسانیاتکین مختلف پہلوٗون پیٹھ اکثر
مضموٗن چھپان تہٕ امیُک گیٹ اَپ کاغذ تہٕ پرنٹنگ چھےٚ
دیدہ زیب تہٕ مواد چھُس تھدِ پایک آسان ۔ اومکار ناتھ کول
تہٕ پیٹر ایڈن ہُک چھُ "REFLEXIVE POSSESSIVES
IN KASHMIRI AND HINDI-URDU:
EVIDENCE FOR AN ANTECEDENCY
HIERACHY" ناوٕ اکھ مضموٗن اتھ رسالس اندر
لیکھان (VOL-11, NO 1, 1992) ہِتھے پاکھٕ
لیوٗکھ یموٗ "PERSONAL NAMES IN KASH-
MIR" ناوکھ مضموٗن جنوری ۱۹۹۴ء کس شمارس منز ۔ مذکورہٕ
رسالس اندر چھہٕ تمےٚ یوت کاشرِس پیٹھ لیکھان ملکہٕ برج
بھوشن کاچروٗ، پیٹر ہُک، اچلا مصری رینا، کاشی والی تہٕ اشوک
کمار کول تہٕ ۔ یہ رسالہٕ چھُ کاشرِ زبانۍ ہُند مقام ہُر زاونس
منز اہم رول ادا کران، یمیُک کریڈٹ بہر حال پروفیسر او۔ این
کول صابنس کھاتس چھُ گژھان ۔ ییتر کام کول صابن
کاشر زبانۍ خاطرٕ تحریری طور کرمٕژ چھےٚ تا ایم بوزےٚ ۔
کاشرِ زبانۍ ہندِس بچرس متلق تلۍ ملکی تہٕ غار ملکی ادارن
منز زیر دس غور غابیمہ کہ بدولتہٕ درجن واد لسانی ماہر کاشرِ
زبانۍ کُن متوجہ گیہ یمن منز پیٹر ہُک، کاشی والی، روٗتھ لیلا شمٹ،
بورس زکھارین تہٕ سبا راو قابلِ ذکر چھہ ۔ کاشر زبانۍ کول صابن
دیتُ نظرِ تل تھاوتھ شبہٕ ہا امس کریرسن تامۍ خطاب مگر تسند ایمہ
تحقیق نظرِ تل اَنتھ ماگژھہ سہ ویٚوٗٹھے پھن تہٕ سینٹی کمار چٹرجی یس سیتۍ
مقابلہٕ کرُتھ گژھہ شاید کول صابنے پوتر گوٚب ۔ ●●

Contd. from Pg. 30

found out that he writes short stories both in Kashmiri and Hindi. I have enjoyed reading his books. I also learned recently that he is well versed in Punjabi. He has published and edited books and journals on Kashiri, Hindi and Punjabi. He has worked with numerous well known authors including Professor Peter Hook and Ruth Laila Schmidt. I can go on but I need not. This volume of Bavath dedicated to Omkar Koul speaks itself for him. He is a true karamyogi as I said earlier. I wish him all the success in his future undertakings. ●●




ڈاکٹر آفاق عزیز ـــــ ڈاکٹر محفوظہ جان

● ـــــ ۲۳ اپریل ۱۹۹۷ء سپدٕ سرینگرس منز فنکار کلچرل آرگنایزیشنہ طرفہ بجن مُنڈ مصوری مقابلہ سپدٕ منز ۴-۱۴ اُردُک شہ ہندو تقریبًا ۵۰۰ بچو حصہ نیو۔

● ـــــ ۲۳ اپریل ۱۹۹۷ء پیٹھ محمد شعبان وکیل نز برسی پیٹھ اکھ شاندار تقریب۔ تمیٚہ صدارت سرینگر ٹایمزکی مدیر اعلیٰ صوفی غلام محمد صاحبن کُر۔ وٚری یک بہتر نامہ نگار آسنک اپوارڈ آو مسعود حسینس تہ بہتر خطاطی مُنڈ اپوارڈ معروف خطاط محمد عباسس دِنہ۔

● ـــــ ۲۶ اپریل ۱۹۹۷ء منز آو جوہس منز رسا جاودانی مُنڈ دہہ مناونہ۔ اَمہ تقریبہ ہنز صدارت کر کشمیر ٹایمز کی مدیر جناب وید بھسین صاحبن۔

● ـــــ ۴ مئی سپدٕ بُدرن بیروہ تہ ۲۵ مئی بانگل ورمُہ مشاعرہ۔

● ـــــ ۱۱-۱۲ جون ۹۷ پیٹھ بیا کھ اکھ تقریب فنکار کلچرل آرگنایزیشنہ طرفہ یتھ منز مصوری ہندِس مقابلس منز

جان کارکردگی ہاوَن والین بچن منز انعامہ تہ اعزازی سندٕ دِنہ آیہ۔

● ـــــ ۱۰ جولائی سپدٕ ریاستی سطحس پیٹھ کاشر، اردو تہ ہندی مشاعرٕ یُس فنکارن منعقد کوٚر۔

● ـــــ باوتھ کلچرل سوسایٹی کشمیر تہ فنکار کلچرل آرگنایزیشنہ طرفہ پیٹھ ۳۰ جولائی ۱۹۹۷ء منز ڈاکٹر محفوظہ جی ہنز کتاب "اردو کاشُر افسانہ ـــ اکھ تقابلی مطالعہ" اجرا۔ رسم اجرایی دِژ کاشر زبانی ہندی کہنہ مشق افسانہ نگار تہ روزنامہ سرینگر ٹایمز کی مدیر جناب صوفی غلام محمد صاحبن انجام۔ کشیر ہند سرکردٕ سکالر، محقق تہ نقاد جناب محمد یوسف ٹینگ اوس تقریبہ مُنڈ خصوصی پوٚژھر۔ کتابہ پیٹھ پٕری پروفیسر رحمان راہی، پروفیسر محمد زمان آزردہ، جناب م ح ظفر تہ جناب مشتاق احمد مشتاق صاحبن مقالہ۔ اَمہ علاوٕ کوٚر محمد یوسف ٹینگ، صوفی غلام محمد، گلشن مجید، شجاعت بخاری تہ غلام نبی ناظر صاحبن تہ مذکورٕ کتابہ پیٹھ پننین خیالاتن مُنڈ اظہار۔ اَمہ بجٕ شک ما حصل اوس یہ زِ یہ کتاب چھےٚ اردو تہ کاشر افسانہ پرکھاونچ گوڈنیچ تحقیقی تنقیدی کام تیٚ بہر حال سنگ میلچ حیثیت حاصل چھےٚ۔

● ـــــ ۲۲ ستمبر سپدٕ فنکار کلچرل آرگنایزیشنہ طرفہ پروفیسر رحمان راہی صاحبن کاشر شارٕ مجموعہ "سیاہ رُوٚد جرین منز" اجرا۔ رسم اجرایی ہندی فرایض دِتی وزیر تعلیم عبدالقیوم صاحبن انجام۔ جناب محمد یوسف ٹینگ، پروفیسر غلام رسول ملک تہ پروفیسر شفیع شوق صاحبن پٕری تنقیدی مقالہ۔

● ـــــ یکم اکتوبر سپدٕ مرازٕ ادبی سنگم طرفہ شپینہ اکھ دُہک سیمینار۔

• ـــــ ادبی مرکز کمراز طرفہٕ سپنز ۴- ۵- اکتوبر اردٕ اہم سالانہ کانفرنس۔

• ـــــ CCAS طرفہٕ سپُدٕ ، ۷- ۹- اکتوبر "وسط ایشیا۔ تسلسل تہٕ تبدیلی"، عنوانس پیٹھ سیمنار ییتھ منز ریاستہٕ نیبرٕ ہیو محققو تہٕ دانشورو تہٕ شرکت کر۔

• ـــــ کلچرل اکیڈیمی کرٕ پروفیسر رشید نازکی صاٮ۪بس سیتیٖ" اکھ ملاقات"، عنوانس تحت اکھ تقریب۔

• ـــــ اکتوبر ۱۸ ، سپنز کشیمر فاونڈیشن ، آرٹ اینڈ کلچر طرفہٕ "کاشر ثقافت تہٕ موجودٕ صورتحال" عنوانس تحت اکھ تقریب۔ اکھ موقعس پیٹھ آو اکھ پیپر پرنہٕ یُس محمد یوسف ٹینگ صاٮ۪بن پوٚر۔

• ـــــ ۲۲ ، اکتوبر ۱۹۹۷ء سپُدٕ کلچر اکیڈیمی ہند طرفہٕ تواریخ سازٕ زنانہٕ مُشاعرٕ۔

• ـــــ ۲۰ ، اکتوبر سپنز ادبی مرکز کمراز تہٕ ریڈیو کشیمر سرینگرکہ مشترکہ اکھ واسہٕ سیتیٖ محمد یوسف ٹینگ صاٮ۪بس پیٹھ اکھ شاندار تقریب۔

• ۲۱ ، اکتوبر سپنز رشید نازکی صاٮ۪بس متعلق ریڈیو کشیمر سرینگر طرفہٕ اکھ شاندار تقریب۔

• ـــــ "نے چھےٚ نالان"، تہٕ "نارہیوتُن کنزل ونس"، تولٕ ۱۹۹۶ء چہ بہترین کتابہٕ آسنک انعامہٕ۔

• ـــــ مشہور گلوکار غلام نبی شیخ صاٮ۪بس آو ہلکہ موسیقی ہنٛد بہترین سازندر آسنس پیٹھ آکاشوانی انعام دنہٕ۔ ••

**بقیہ ارجن دیو مجبور**

الُنسان۔ سہ چھ تدبرس تہٕ پرزس کام ہیتھ کنہٕ تہٕ زبانی

ہندین لکھارین دوٚس بناوان۔ ڈاکٹر کول چھ ازشری پریم ناتھ اربن سنٛدٕ دُسر گیتا یہٕ ہندن اردا ہیوٚنی ادیاین ہند منظوم ترجمہ چھاپ کرنچہ کامہٕ منز مصروٗف۔ یہ ترجمہ چھ پیلا طرزس پیٹھ سیٹھاہ سادٕ لفظن منز کرنہٕ آمت تہٕ یہ چھ سازن پیٹھ گیونہٕ یوان۔ کول چھ ہندوستانکین سارنےٚ اہم زبانن سیتۍ کنہٕ نتہٕ کنہٕ زنگٕ وابستہٕ۔ امی موکھ چھ ڈاکٹر کول سنٛز شخصیژ منز کلہم ہندستانی تہذیبک بر تو نظر گژھان۔ کول صاٮ۪بس چھ کاشر تمدن بے حد لوٚکٹ تہٕ جوٗمہٕ کُس تہندس گرس منز چھ خانہ یارک ماکھ، سوٗزل بیترٕ وارٕ ڈورین منز تھتھ پاٹھی جیلان ییتھ پاٹھۍ مےٚ وُری وادیر وٕنہٕ تہندس لُوکامہٕ کس گرس منز وچھو۔ فرق چھ یہ زٕ دوشونی گرن ہنٛد اوندلوٗک چھ مختلف۔ ڈاکٹر کول سنٛد لوٗکامہٕ پیٹھ میسور تام تحقیقی سفر چھ سیٹھاہ زیوٗٹھ تہٕ محنت طلب روٗدمت تہٕ یہ اکس موخصر مضموٗنس منز کا یہ انُن چھ مشکل۔ ڈاکٹر کول سنٛز زندگی چھ کیتی پہلوٗ تہٕ یہ پہلوٗ دار شخصیت چھ وُنہٕ پھان۔ مے چھ امہٕ کتھ ہنٛد فخر حاصل زٕ ڈاکٹر کول چھ مےٚ پننی ووستاد مانان ییتھ منز نہٕ چنداں حقیقت چھ۔ بہر حال یہ چھ تہند بجر نتہٕ "من آنم کہ من دانم"

بہ چھس باوتھ کس ایڈیٹر ڈاکٹر آفاق عزیز تہٕ ڈاکٹر محفوظہ جانہٕ ہنٛد سیٹھاہ مشکور زٕ تمو کوٚر اکس کاشرس لسانی عالمس باوتھ تک یہ شمارٕ نذر۔ یہ سلسلہ گژھہ جاری روزن۔ بہ چھس اکہ لٹہ بییہ دعا گو زٕ ڈاکٹر کول گژھہ حامکی تہٕ باقے اہم لسانیاتکین ماہرن ہنٛدی پاٹھۍ کُل دنیاہس منز کوشر ناو روشن کرن۔ ••

# Kashmiri

## A Cognitive-Descriptive Grammar

**Kashi Wali**, Syracuse University and
**Omkar N. Koul**, Central Institute of Indian Languages, Mysore

A magnificent pice of work and will bring not only Kashmiri but all of the Indo Aryan languages closer to the centre of action in linguistics.'- *Peter Hook, University of Michigan*

Kashmiri, spoken in Kashmir, India, challenges every field of linguistics, be it synchronic, diachronic, areal, comparative, typological, modern or generative. Unlike other members of the Indo-Aryan language family, to which it is acclaimed to belong, its syntax, similar to Germanic and other verb second languages, has raised many significanct issues within current generative theories proposed by Chomsky and other prominent linguists.

The book contains extensive descriptions of Kashmiri syntax, morphology, agreement and pronominal clitics. It is invaluable as a reference and source book. Its originality lies in the fact that it presents a wealth of information on a relatively unknown verb second language. It will help to clarify certain issues in current theories. Kashi Wali has been working on Kashmiri for the last ten years and has published extensively in the field of linguistics and South Asian languages.

Omkar N. Koul, a native speaker of Kashmiri has published several books and articles related to linguistics, sociolinguistics, and South Asian languages including Kashmiri, Punjabi, and Hindi. He is currèntly a professor cum deputy director of the Central Institute of Indian Languages, Mysore, India.

November 1996: 234x156: 408pp
Hb: 0-415-05868-6: £95.00

بشکریہ روٹلیج

ROUTLEDGE






سرینگرس منز سرینگر ٹایمز کی مُدیر صوفی غلام محمد ڈاکٹر محفوظ جانن کتاب " کاشُر اردو افسانہ ۔ اکھ تقابلی مطالعہ "
اجرا کران ۔ پرنسپل کالج آف ایجوکیشن پروفیسر ہما بٹ ، محمد یوسف ٹینگ ، شاہد بڈگامی تہ پروفیسر رحمان راہی
تہ چھ تصویر منز ۔ امیک اہتمام اوس باوتھ کلچرل سوسایٹی تہ فن کار کلچرل آرگنایزیشن کوٚرمُت ــــــ فوٹو : سرینگر ٹایمز



پروفیسر کول صاب مسوٗری منز ٹرینیزن سیتی

Published By Dr. Afaq Aziz& Dr. Mahfuza jan ( Editors ) For BAVATH CULTURAL SOCIETY Lal Chowk, Sri Nagar
Printed by Aakif Book Depot 437, Matia Mahal Delhi-6 ( Ph:3265480 Fax:011-3257189 ) 1997